# یوحنّا سٕنٛز انجیل

## باب ۔۱

۱ گوڈٕ اٲس کتھ تہٕ کتھ اٲس خُدایس سیتؠ تہٕ
۲ کتھ اٲس خُداے پانہٕ اوس گوڈٕ کالہٕ خُدایس
۳ سیتؠ۔ ساری چیز گیٔ تٔہنٛدِ وسیلہٕ پٲدٕ تہٕ
بےٚ کینٛژھاہ پٲدٕ چھُہ گومُت تمہِ منٛز گوہٕ کانٛہہ تہٕ
۴ چیز تَس ورٲے پٲدٕ۔ تَس منٛز اٲس زندگی
تہٕ سوٗ زندگی اٲس اِنسانَن ہٕنٛد پرکاش (نوٗر)
۵ تہٕ نوٗر چھُہ گٹکس منٛز پرٛزلان تہٕ اَنہِ گٹہٕ رووٗٹ
۶ تہٕ سُہ ناوہٕ۔ یوحنّا ناوی اَکھ زوٗن پیوو اَتھ
یُس خُدایہٕ سٕنٛدِ طرفہٕ سوزنہٕ اوس آمُت۔
۷ یہٕ اوس گواہی موکھہٕ زِ نوٗرٕچ گواہی دِیہٕ یُتھ
ساری تمِ سٕنٛدِ وسیلہٕ اِیمان اَنَن۔ سُہ اوس
۸ نہٕ پانہٕ نوٗر پوٚز نوٗرٕچ گواہی دِنہٕ اوس آمُت۔
۹ اصلی نوٗر یُس پرٛتھ اِنسانس گاشراوان چھُہ
۱۰ اوس دُنیاہس منٛز یِنہٕ وول۔ سُہ اوس
دُنیاہس منٛز تہٕ دُنیا گو تٔہنٛدِ وسیلہٕ پٲدٕ
۱۱ تہٕ دُنیاہَن پرٛزُنوو نہٕ سُہ۔ سُہ آو گرٕ تہٕ
۱۲ پننیو نہٕ کوٚرُس قبوٗل۔ پوٚز ییٚتیو سٕہ
قبوٗل کوٚر تِمَو دِیُت تِمَن خُدایہٕ سٕنٛدی گبر
بننُک حق تہٕ دِیُتھ گو تِمَن یِم تٔہنٛدِس ناوس
۱۳ پیٹھ اِیمان چھِہ اَنان۔ یِم نہٕ زاے رتہٕ سیتؠ نہٕ
جِسمی خواہشہٕ سیتؠ نہٕ اِنسانہٕ سٕنٛدِ ارادٕ سیتؠ
۱۴ بلکِ گیٔ خُدایس نِش پٲدٕ۔ کتھ بنیہٕ یہٕ کالے
تہٕ روٗز اَسہِ اَندر (تہٕ اَسہِ وُچھ تٔسنٛد جلال تِتھ
جلال یُس صِرف بہٕ سُنٛد حِصہٕ چھُہ) یُس
۱۵ فضلہٕ تہٕ پرٛزرِ سیتؠ برُتھ چھُہ۔ یوحنّا ہَن
ذِ تَس مُتعلق گواہی تہٕ کٔرُن کٔھڑ دِتھ چھُن وونمُت
زِ یہٕ چھُہ سُہ یُس بٲبتھ مےٚ ذِکر کوٚر زِ یُس مےٚ
پتہٕ یِکان چھُہ سُہ چھُہ مےٚ نِشہِ وَد اوٚکِنی زِ سُہ
۱۶ اوس مےٚ برونٛٹھہ۔ تہٕ تٔہنٛدِ پٔرزرِ نِش
پرووو اَسہِ تہٕ فضلس پیٹھ پتھو فضل۔
۱۸ اوٚکِنی زِ شریعت آیہٕ موٗسیٰ سٕنٛدِ ذٔرِیہ
دِتہٕ پوٚز فضل تہٕ پرٛزروٗت یسوٗع مسیح سٕنٛدِ
۱۹ ذٔریعہ۔ خُداے وُچھنہٕ کانٛہہ کُنے گوٚبر
یُس ماجِس کوٚچھہِ منٛز چھُہ تِمہٕ کوٚڈ نوٗن۔

۱۹ تہٕ یوحنّا سُنٛز گواہی چھےٚ یہِ زِ ییٚلہِ یہودیو
یوروشلمہِ پیٹھٕ کاہِن تہٕ لاوی یہ پرٛژھنہِ تَس
نِش سوٗزی زِ ژٕ کُس چھُکھ؟ ۲۰ تمہِ سانتہٕ نہ کوٚر
تٔمۍ اَنکار تہٕ نکار اَتہ بدل کوٚرُن اِقرار زِ بہٕ
۲۱ چھُس نہٕ مسیح۔ تِمو پرٛژھُہ تَس تیٚلہِ کُس چھُکھ
ژٕ؟ ژٕ چھُکھہِ ایلیا؟ تٔمۍ وونُکھ بہٕ چھُس نہٕ۔ ژٕ
۲۲ چھُکھہِ سُہ نبی؟ تِمۍ وونُکھ بہٕ چھُس نہٕ۔ پتہٕ
وون تِمو تَس اَدٕ کُس چھُکھ ژٕ؟ یِنہٕ اَسی پتہٕ یِمَن
سوزَن والین جواب دِمو زِ ژٕ کیا چھُکھ پانَس
۲۳ مُتعلق وَنان؟ تٔمۍ وونُکھ بہٕ چھُس یسعیاہ نبی
سٕند وَننہٕ مُطابق بیابانَس منٛز اَکھ آلو دِنہٕ وٲجنٕز آواز
۲۴ زِ ژٕ سیٚزر کٔرِو خُدا وَند سٕنٛز وَتھ۔ یِم اَسی فریسیو
۲۵ سوٗزی یٕتی۔ تِمو کوٚر تَس یہ سوال زِ اگر ژٕ نہ
مسیح نہ ایلیا تہٕ نہ سُہ نبی چھُکھ تیٚلہِ کیازِ چھُکھ
۲۶ لُو (بپتسمہٕ) دِوان؟ یوحنّا دِتھ تِمَن جواب زِ
بہٕ چھُس آبہٕ سٕتی لُو (بپتسمہٕ) دِوان توٚہہِ منٛز
چھُ اَکھ شخص ووٚدنِتھ یُس توٚہہِ زِ آسنہٕ تہٕ
۲۷ تہٕ دٕینہٕ گو مےٚ پتہٕ یِوَن وول یُس بہٕ لُوٗنس فیٖتہٕ
۲۸ مُژرنَس لایق چھُس نہٕ۔ یِمہ کتھہٕ سپٕزِ یردن
دُری یاوَس ہمپیاہ بیتِ یوحنّا لو (بپتسمہٕ)
۲۹ دِوان اوس۔ دوٚیمہِ دوہ ہیوٚ وُچھ تٔمۍ یسوٗع
پانَس کُن یِکان تہٕ وونُکھ وُچھو یہ چھُ خُدایہ
سٕند برہٕ یُس دُنیہِ کِہ گوناہ تُلِتھ چھُ نِوان۔
۳۰ یہ چھُ سُے یُس مُتعلق مےٚ وونمُت اوس زِ
اَکھ زوٗن چھُ مےٚ پتہٕ یِکان یُس مےٚ برٛونٹھ
چھُ قرار آمُت دِنہٕ اَوٕ کِنہٕ زِ سُہ اوس مےٚ برٛونٹھ
۳۱ تہٕ بہٕ اوسُس نہٕ سُہ پرٛزناوان۔ پوٚز اوے آس
آبہٕ سٕتی لُو (بپتسمہٕ) دِوان زِ اسرائیلَس بیٚیہِ
۳۲ نٕشہٕ ووٚن۔ تہٕ یوحنّا ہِن ذِ گواہی زِ مےٚ
وُچھ کوٚترٕ شکلِ پٲٹھۍ روح آسمانہٕ وَسان تہٕ
۳۳ تٔمۍ کوٚر تَس پیٹھ اِقرار۔ تہٕ بہٕ اوسُس نہٕ سُہ
پرٛزناوان۔ پوٚز یٕمۍ بہٕ آبہٕ سٕتی لُو (بپتسمہٕ)
دِنہٕ سوٗزُس تٔمۍ وونُم زِ یُس پیٹھ ژٕ روح وَسان
تہٕ قرار کران وُچھکھن سُے چھُ روح القُدسہٕ
۳۴ سٕتی لُو (بپتسمہٕ) دِنہٕ وول۔ چُنانچہِ وُچھ مےٚ
تہٕ گواہی چھَم دِژمٕژ زِ یہ چھُ خُدایہ سٕند گوٚبرٕ۔
۳۵ دوٚیمہِ دوہ ہیوٚ اَسی بیٚیہِ یوحنّا تہٕ تٔسند پوٚژ الو
۳۶ منٛز زٕ زٕنۍ ووٚدنِتھ۔ تٔمۍ تُراو یسوٗعَس نظر
یُس پکان اوس تہٕ وونُن وُچھو یہ چھُ خُدایہ
۳۷ سٕند برہٕ۔ تٔسند پوٚز بِتھ دٕرایہِ تِم زٕ تَس پٔتۍ
۳۸ یسوٗعَس پتہٕ پتہٕ۔ پوٚت پھیرِتھ تِمَن پتہٕ
پتہٕ یِکان وُچھنہٕ ووٚنُکھ یسوٗع تِمَن توٚہہِ
کیا چھِو ژھانڈان؟ تِمو وون تَس حضرت ژٕ
۳۹ کتہٕ چھُکھ روزان؟ ووٚنُکھ یِکِو پانَے
وُچھو۔ اَدٕ وُچھ تِمو گژھِتھ تٔسند روزَن جاے
تہٕ تمہِ دوہ ہیوٚ روٗدۍ تٔسی نِش تہٕ دہیم گنٹہٕ

۴۰ ہیوٚہ اوس یِہ تِمو دوٚیو اُندرٕ یوحنّا ہشنز کتھ بوزِتھ
تَس پَتھ دزاہتہ اُسی اوس اَکھ شمعون پطرس سُند
۴۱ بوے اندریاس یِہ تِمی ووٚن گوڈٕ پننس بَج بائیس
سَمکھتھ زِ اَسہِ سَمکہ خرسٹس یانے مسیح یِہ تِمی
۴۲ اوٚن سُہ یسوٗعَس نِش یسوٗعَن کُر تَس نظرتہٕ ووٚنُس
زٕ چھکھ یوحنّا سُند نیچُو شمعون یِہ ژٕ یِیہِ ییمی
کیفا یانے پطرس ناو یِہ
۴۳ دوٚیمہِ دۄہ یسوٗعن گلیل گژھن تہٕ
فلپسَس سَمکھتھ ووٚنُن تَس مےٚ پتہٕ پتہٕ یکھ یِہ
۴۴ فلپس اوس اندریاس تہٕ پطرس سِنٛدِ شہر بیت
۴۵ صیدٕ یک روزن وول یِہ فلپس سَمکھیو نتن
ایلس تہٕ ووٚنُس ییمی سُند ذکر موٗسیٰ ہَن تورَاتَس
مَنز تہٕ نبیو کوٚر سُت چھُ، سُہ سَمکھ اَسہِ، سُہ
۴۶ چھُ یوسف سُند نیچُو یسوٗع ناصری یِہ نتن ایل
ووٚنُہ تَس زِ ناصرٕ اَندر ہیکیا کانٛہہ جان چیز ؟
۴۷ فلپسَ ووٚنُس وۄٚنہ یکھ تہٕ وُچھ یِہ نتن ایل
پانَس کُن یکان وُچھتھ ووٚنُہ یسوٗع تَس مُتعلق
وُچھو! یہِ چھُ بذاتی اِسرائیل، اُمِس اَندر چھُنہٕ
۴۸ مکّاری یِہ نتن ایل ووٚنُہ تَس ژٕ کتہِ زانکھ مےٚ؟
یسوٗع ووٚنُس پھیرتھ فلپس سِنٛدِ ژٕ سےٚ
نادِنہٕ برونٛہہ یلہِ ژٕ انجیرِ کُلس تَل اوسکھ
۴۹ تِمی ساتہٕ وُچھکھ یِہ نتن ایل ووٚنُس ، ربی
ژٕ چھکھ خُدایہ سُند گوٚبُر، ژٕ چھکھ اِسرائیلُک
۵۰ بادشاہ یِہ یسوٗعن ووٚنُس پھیرتھ مےٚ یہِ
ژٕ ہےٚ ووٚنمےٚ زِ ژٕ وُچھکھ انجیرِ کُلس تَل،
۵۱ اوٚسے اوٚ نُنہٕ ژٕ ہےٚ ایمان یِہ ژٕ وُچھکھ اَمہِ
کھوٚتہٕ تہٕ بجہِ بجہِ کتھہِ وُچھتہ یِہ پتہٕ ووٚنُن
تَس یہِ چھُسو تۄہہِ پوٚز وَنان زِ تۄہہِ وُچھو
آسمان ووٚنہ تہٕ خُدایہِ سِنٛدِ ین فرشتن
ہیوٚر کھسان تہٕ ابنِ آدمَس نِش وسان یِہ

## باب - ۲

۱ ترٛیےٚ مہِ دۄہ یہِ سُیدٕ اَدٕ گلیلہِ کھا ندر نہٕ
۲ یسوٗع سِنٛز ماج اُس تتہِ یِہ تہٕ یسوٗع تہٕ
تَسندِ ین زاژن تہٕ اوس کھاندرَس بیٚچھ سال یِہ
۳ تہٕ ییلہِ یےٚ ختم سپُد تِمہِ وزِ ووٚن ماجہِ یسوٗعن
۴ زِ تِمن رُود نہٕ مےٚ یِہ یسوٗع ووٚنُہ تَس ہےٚ تہٕ بی
۵ مےٚ کیا چھُ ژٕ ہےٚ سٟتی؟ وُنہٕ ووت نہٕ میٚون
وَق، تَسِنٛز ماجہِ ووٚن موہنوین تۄہہِ یہِ ونہٕ ژٕ
۶ نی کرِو یِہ تتہِ اُسی یہوٗدین ہِنٛدِ قاعدٕ موجوب
شُیٚےٚ مٹکہِ تہٕ تِمن اُس زٕ زٕ ترٛیےٚ ترٛیےٚ
۷ مَن وانٛہہ وتھ یِہ یسوٗع ووٚنُہ تِمن مٹکن
۸ برِو آب، اَدٕ برٕ تِمو تِم ہیٚپالہِ یِہ پتہٕ ووٚنُہ سُہ
تِمن وودی کڈِو نہٕ ہیٚو میرِ مجلسَن نِش، اَدٕ
۹ نیٚو تِمو یِہ ییلہِ میرِ مجلسَن سُہ وُچھ چو یتھ
شراب بنیومُت اوس تہٕ تَس اوس نہٕ پے
زِ یہِ کتہِ چھُ آمُت، پوٚز آب ترٛاون والین

نوکرن اوس پئے، میر مجلسن اوّن مہراز نادتھ
ته ووٚنُن تس ز پرتھ کانٛہہ چھُ گوڈنیتھ جان ۱۰
شراب باگران ته خراب شراب پتہ گرُس تمہ
ساتھ دِس ییلہِ جِنہ واُلی چیتھ چھیوے
ہتھ چھہ آسان۔ مگر ژٕ ستے چھُے جان شراب
وُنسام ییٚنہ کُن تھوومُت ۔ یہ اوس گوڈنیک ۱۱
موجزٕ یُس یسوٗع قانایے گلیلہ ہاُوتھ یتھٕ
جلال ظاہر کوٚڑ ته تٚمۍ سندین ژاٹھو اوّن تس
ایمان ۔ امہِ پتہ گو ژٕ تم، تٚمۍ سنز ماج ته بٲے ۱۲
ته تٚمۍ سندۍ ژاٹھ کفر نحوم ته روٚدۍ کینہہ دوہ تتی۔
یہوٗدین ہنز فسح عید آس نکھے ته یسوٗع گو ۱۳
یوروشلم ۔ تٚمۍ ووٚچھ ہیکلس منز داند، ہینز ته ۱۴
کوترٕ کنن والۍ ته صراف بہتھ۔ ته رز کٔرتھ ۱۵
بناوتھ بٚکہ ہاوِی تٚمۍ ہیکلہِ اندر ہینز ته داند،
صرافن ہِنز پان پٲنہ چھکرتھ ته میزن کوٚر نکھ
تلگ بیٚٹھ ۔ ته کوترٕ کنن والین وونُن ز ۱۶
یم کڑِ یوٚکھ یتہ یتی، میانس مالی سندِ گرِ مہ
بناوِوُن بازٲری بینڈ ۔ تٚمۍ سندین ژاٹھن ییو ۱۷
ژ هتس زِ لیکھنہ چھُ ز چانہِ گرکِ جری گژھن
تر وُ تس یہ یار کرتھ ۔ امہ پتہ ووٚن یہود یو ۱۸
تس پھیرتھ ژٕ ستے یمہ کامہ کران چھکھ آسہ
کُس نِشانہ چھکھ ہاوان۔ یسوٗع ووٚتھکھ ۱۹
یہ ہیکل لٲرۍ اوٚوِ ووٚن ته یہ کرن تمہ ترن دوہن

منزٕ استاد ۔ یہوٗد یو وونُس یہ ہیکل سپُد ۲۰
شپیتھ تاجہن وٚرین تامیر ته ژٕ کرٕ ہتہ یہ
ترٕین دوہن منز تامیر۔ پوز تٚمۍ اوس یہ ۲۱
ینہ کا یہ ہندِس ہیکلس متعلق ووٚنمُت ۔
امہ بیلہ سُہ مورٕدو اندر ژندگو تمہ ساتہ ییو ۲۲
تٚمۍ سندین ژاٹھن یاد زِ تٚمۍ آس یہ کتھ وُنی مژ
ته تِمو کٔر مقدس کتابہِ ته یسوٗع سندِس ڈُلیس
یژھ ۔ ۲۳
فسح عید کیٚتھ ییلہِ سُہ یوروشلمہ اوس تمہِ ساتھ
اوّن واریاہ لوکو تم موجزٕ ووٚچھتھ یم سُہ ہاوان
اوس تٚمۍ سندِس ناوس پیٹھ ایمان ۔ پوز ۲۴
یسوٗع اوس یہ باخبر آسنہ کنہ تِمن یژھ کران ۔
ته امہ کِنہ ہند اوسُس نہ حاجتھ زِ کانٛہہ دِی یہ ۲۵
انسانہ سندِ حقہ گواہی اوٚز تس آس پانس
خبر زِ انسانن کیا کیا چھُ ووٚندس منز۔

## باب ۔ ۳

فریسیو اندر اوس نیکدمس ناوی اکھ ژون یہوٗدین ۱
ہند اکھ رٔیٹھ ۔ تٚمۍ ووٚن یسوعس نِش راتھ ۲
کیٚتھ یتھ "حضرت آسہ چھُ معلوم ژٕ چھکھ
خدایہ سند طرفہ ووستاد بنتھ سوزنہ آمت۔
اوّکنی زِ یم موجزٕ ژٕ ہاوان چھکھ، دوٚیم کانٛہہ ژون
ہیکہ نہ تم ہاوِتھ یوتام نہ تس خداے
ستی آسہ ۔ یسوٗع ووٚتھُس پھیرتھ یہ چھُسے ۳

ژےیۆژ ونان زیوٗ تامَتھ نہٕ کانٛہہ نَو سٕر زیوٗشہ

۴ ہیٚکہٕ نہٕ خوداینہٕ سٕنٛز بادشاہی وُچھتھ ؤنیکدَس

وۄنٛکُس بیٚیلہٕ انسان بُڈٕ بوادٕ کنتھ پاٹھی زیوٗ

۵ ہٕکیاہ ماجہ ہٕنٛزِ یٚڈٕ مَنٛزٕ اژتھ زیتھ ؟ یسوٗعَن

دِنیُس جواب زبہ چھُس ژےیۆژ وَنان زِ

یوٗتامَتھ نہٕ انسان آبہ تہٕ روٗحہ سٕتۍ زایُن لَبہ

سُہ ہیٚکہ نہٕ خوداینہٕ سٕنٛز بادشاہی مَنٛزٕ اَژِتھ

۶ سَپدتھ ؤنیُس ڈمبہ زامُت چھُ سُہ چھُ کلے

تہٕ یُس روٗحہ نِش زامُت چھُ سُہ چھُ روٗح ؤ

۷ حارانی مہ گَژھ ہونے زِ مےٚ وۄنمے ژےٚ چھُے

۸ نَوِ سرِ صوٗرَژ زیوٗن ؤ واوَس یوٗکُن خوش

گژھِ توٗکُن چھُ بکان ژٕ چھکھ اَمۍ آواز بوزان

مَگَر ژٕ چھُکھ نہٕ زانان کتہِ چھُ تہٕ کوٗت چھُ گژھان

۹ یُس کانٛہہ روٗحہ نِش زایُن بژاوان چھُ سُہ چھُ

۱۰ تِتھے آسان ؤ نیکدَس وۄنٛکُس یوہ کیتھہ

۱۱ کِتھہ کٕنۍ ہیٚکَن سپنتھ ؟ یسوٗع وۄنٛکُس یہِرِتھ

بنی اسرائیلَن ہُنٛد زِٹھ آسِتھ چھُکھ نا ژےٚ

۱۲ یِمن کتھن ہُنٛد پَے ؟ بہٕ چھُس ژےٚ یوٗز

وَنان زِ اَسۍ یِہ پَے چھُ تِہِ چھِ وَنان تہٕ یُس اَسہِ

وُچھمُت چھُ تَتھ سٕنٛز گواہی چھِ دِوان ژٕ ژٕ چھکھ

۱۳ نہٕ ساٛنۍ گواہی قبوٗل کران ؤ مےٚ بیٚیلہ ژےٚ

بُتراژِ ہٕنٛزٕ کتھہٕ وۄنٛمے تہٕ ژےٚ کُرتھ نہٕ پژھ

دوٚہ ژٕ ہرگاہ بہٕ آسمانٕچہ کتھہٕ وَنے تمن کتھہ پاٹھی

کرِکھ اَدٕ پژھ ؟ تہٕ آسمانَس پیٚٹھ کھوٚت نہٕ

کانٛہہ نَس وَرائے یُس آسمانہٕ وۄتھ تہٕ ذُبتھ

گواِبنِ آدم یُس آسمانَس اَندر چھُ ؤ تہٕ ییٚتھہ کٕنۍ

موٗسیٰ ہَن وُچارَس مَنٛز سرٕپھ کھٔنزرَس کھور

تِتھے کٕنۍ چھُ ضروٗری زِ ابنِ آدم تہٕ یِیہِ کھٔنزرَس

کھارنہٕ ؤ یُتھ ایمان اَنَن وول تَس مَنٛز یوٗشہِ وۄنۍ

زندگی بژاوِ

۱۷ تہٕ کیازِ خوداین سوزنہٕ اَدٕ خاطر گوٗبرُ دُنیہَس

مَنٛز زِ دُنیہَس سزاد نٕکُ حکم کَڈٕ ٹلِکہٕ اَدٕ خاطر

۱۸ زِ تِہُندِ وسیلہٕ ہٕنٛس نجاتھ ؤ یُس تس ایمان

چھُ اَنان تِہُندِ خاطرٕ چھُنہٕ سَزٕ نٕکُ حکم سپدان۔

یُس نَس ایمان اَنان چھُنہٕ تَس چھُ سَزٕ نٕکُ

حکم دژامُت اَدٕ کینزِ زِ تمۍ اوٗن نہٕ خوداینہٕ سٕنٛدِس

۱۹ اَکہِ نٛدَس ایمان ؤ تہٕ سَزٕ نِکہِ حکمک وجہ چھُ

یہِ زِ نوٗر چھُ دُنیہَس مَنٛز آمُت تہٕ لوٗکو کُرٕ

نوٗرَس مُقابلہ گٔژھ زیادٕ پَسند۔ اَدٕ کینزِ زِ تِہنٛزِ کامہِ

۲۰ آسہٕ نا کارٕ ؤ تہٕ کیازِ یُس تہٕ بدی چھُ کران

تَس چھےٚ نوٗرَس سٕتۍ دُشمنی تہٕ سُہ چھُنہٕ

نوٗرَس نکھہٕ یِکان یُتھ نہٕ تسٕنٛز کامہ وۄکیٚنۍ تَس

۲۱ ملامتھ سپدِ نہٕ ؤ یوٗز یُس پٔزرَس پیٚٹھ چھُ

روزان سُہ چھُ نوٗرَس نِش یِوان یُتھ تِہنٛزِ

کامہِ سٕنٛزِ زِ تِمہ چھےٚ خوداینہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ

کرنہٕ آمژٕ

۲۲ یمو کتھو پتہٕ آو یسوٗع تہٕ تٔمسندی ژاٹھ یہوٗدیا کِس
مُلکس منٛز تہٕ تٔمی بوگ تمن ہتی ہیچہ بپتسمہٕ
۲۳ (لوٗ) دِیُن ۔ تہٕ یوحنا تہٕ اوس شالیمس نکھے
یمنوٗ پتہٕ لوٗ (بپتسمہٕ) دِوان آوٕ کینٛہہ زِ تتہٕ اوس
آب گنٛجاںٕ سان تہٕ لۄکھ اٮ۪سی یِتھ لوٗ (بپتسمہٕ)
رٹان ۔ تہٕ کیازِ اَتھ وقتس تام اوسہٕ یوحنا
۲۵ قیدٕ آمُت کرنہٕ ۔ اَدٕ سپُد یوحنا سند بوٗژاٹھو انٛدرٕ
اَکِس کتام یہوٗدس ستہٕ طہارتس متعلق بحث ۔
۲۶ تِمو ووٚن یتھ یوحنا ہس ربی! یُس برد تہٕ اپارٕ
ژےٚ ستۍ اوس یُس تٕ ژےٚ گواہی دِژ تہٕ وچھ
سُہ چھُ لوٗ (بپتسمہٕ) دِوان تہٕ ساری لۄکھ چھِ تس
۲۷ نِش یِوان ۔ یوحنا وٚنُکھ یِھرِتھ انسان ہراوِ
نہٕ کہیں یوٚتام نہٕ تس آسمانہٕ پیٹھٕ دِنہٕ ییہ ینہٕ ۔
۲۸ توٚہۍ چھِو پانہٕ میانِ گواہ زِ مےٚ ووٚن بہٕ چھُس نہٕ
مسیح پوٚز تس برونٛہہ چھُس سوزنہٕ آمُت ۔ مہرٛینٛز
۲۹ یَس زنٛز چھےٚ سے چھُ مہرازٕ پوٚز مہرازُن سند یُس یار
کھوٚدٕ وٚتھ سُہ چھُ تٔمسند بوزان، مہرازٕ سنٛزِ کتھو
چھُ سیٹھا خوش گژھان تہٕ یتھہٕ کنۍ گیہٕ میانۍ یہ
۳۰ خوشی پوٗرٕ ۔ لازمی چھُ زِ سُہ لبہِ وُسعت تہٕ بہٕ شروٗ کرٕ
۳۱ یُس ہیٚٹھٕ وسان چھُ سُہ چھُ سارِنے کھوٚتہٕ تُس
۳۲ یُس زمیٖنس پیٹھ چھُ سُہ چھُ بیٚٹھرے تہٕ زمیٖنچے کتھہٕ
چھُ ونان یُس آسمانہٕ پیٹھٕ وسان چھُ سُہ چھُ
سارِنے سرس ۔ تٔمۍ یہ کینٛہہ ڈیوٗ چھُ تہٕ بوٗزمُت
گواہی چھُ دِوان تہٕ کانٛہہ تہٕ چھُنہٕ تٔمسنٛز گواہی قبول
۳۳ کران ۔ یٔمۍ تٔمسنٛز گواہی شیر ہیٚنٛز تٔمۍ کرُ یتھہٕ
کنۍ تصدیق مو ہَرٕ زِ خُدا چھُ پوٚز ۔ اَوٕ کینٛہہ زِ
۳۴ یُس خُدایِن سوٗزمُت چھُ خُدا یہ سنٛز کتھہٕ
ونان اوٕ کینٛہہ زِ سُہ چھُنہٕ روٗح مینٛہِ مینٛہِ دِوان ۔
۳۵ مالِس چھُ گوبرس سندس آسان تہٕ تٔمۍ چھِ ساری
۳۶ چیز تسٕ اَتھہٕ دِتۍ متۍ ۔ یُس نیچوٚس پیٹھٕ ایمان
چھُ انان یوٚسہٕ وِنۍ زندگی چھیٚ تٔمسند بوگ
پوٚز یُس نیچوٚی سنٛد مانان چھُنہٕ، سُہ ہیٚکہٕ نہٕ
زِندگی وُچھتھ بلکہِ سپدِ تس پیٹھ خُدایہ سند قہر ۔

باب ۔ ۴

۱ تہٕ ییلہِ خُداوندس پَے لۄگ زِ فریسیو چھُ
بوٗزمُت زِ یسوٗع چھُ یوحنا سندِ کھوتہٕ ژری
۲ ژاٹھ بناوان تہٕ لوٗ (بپتسمہٕ) دِوان [یوٚدوے
یسوٗع پانہٕ اوس نہٕ بلکہِ اٮ۪سی تٔمسندی ژاٹھ لوٗ
۳ (بپتسمہٕ) دِوان] ۔ اَمہِ پتہٕ گوٚ سُہ یہوٗدیا ترٛاوِتھ
۴ بیٚیہِ گلیل ۔ تہٕ تس اوس سامریہ منٛزۍ گژھُن
۵ ضروٗری ۔ پتہٕ ووت سُہ سامریہ کِس اَکِس
شہرس تام یتھ سوفار وَنان چھِ، یہ چھُ تتھ
ژکلس نکھہٕ یُس یعقوٗبن پننِس نیچوِس یوسفس
۶ اوس دِتمُت ۔ تہٕ یعقوبُن کرٛور اوس تتھۍ
جایہِ ۔ چنانچہِ سفرٕ ستۍ تھوکمُت تہٕ ژھیوٚمُت
یسوٗع بیوٚٹھ بلکہ کرٛیرس پیٹھ، اَمہِ ساتہٕ اوس

۷ دِگرَ یہوٗدہٕ سامِریہٕ ہیچ اکھ زٔنی آبہٕ آب نینہٕ تہٕ
۸ یسوٗع وٚوٚنتھ تَس مے چاوٗ ترٛیش ہٕ اوکینہٕ زِ
تِہندی زانٹہٕ آسی کھین سوٗلی آنہٕ شہر گامِتیہٕ
۹ تمہٕ سامری زَنہٕ وٚوٚن تَس زِ یہوٗدی آسِتھ کیازِ
ژھکہ مے سامری زنہِ ترٛیش منگان ؟
(تہٕ کیازِ یہوٗدین اوٗس نہٕ سامرین سیتی کُنہِ
۱۰ قسمہٕ وٚرتہٕ بیٚٹھ ہٕ یسوٗع وٚوٚنتھس یوٗرِ ہرگاہ
ژٕ نے خودایہٕ سُنٛز بخشاؔیشہِ ہُند پے آسہِ ہی
تہٕ یہ تہٕ آسہکھ زانان زِ سُہ کُس چھُ یُس ژٕ نے
دپان چھےٚ مے چاوٗ ترٛیش نیبلہِ منگہِ تکھ ژٕ
تَس سُہ دِیہ ہی ژٕ نے زِندگی ہُنٛز ترٛیش ہٕ
۱۱ زَنی وٚزٕہ تَس اے خداوند ژٕ نے نے چھےٚ آب
رَٹنس کینہہ بانے تہٕ کرٛو وٚر چھُ سوٗن اَد کیتھہٕ
پاٹھی ووت زِندگی ہُند سُہ آب ژٕ نے زِنش ؟
۱۲ ژٕ چھکہٕ سانِس مالِس یعقوبَس نِشہ وٚڈ ییمہٕ اَسہِ
یہ کرٛو وٚر دیت تہٕ تمی پانہٕ تہٕ تِہندیو نیچو یو تہٕ چیو و
۱۳ چار وایو جیبہٕ اَمہٕ اَندرٕ ترٛیش پہ یسوٗع وٚوٚنتھ
تَس دَر جواب یُس تہٕ اَمہٕ آبہٕ اَندرٕ چوان چھُ
۱۴ سُہ آسہِ تو تہٕ ترٛیشہِ ہوت ہٕ پوٚز یُس تمہٕ آبہٕ اَندرٕ
چیبہٕ یُس آب تَس یہ دِمہٕ تَس لگہِ نہٕ اَبدس تام
ترٛیش بلکہِ یُس آب یہ تَس دِمہٕ سُہ بنہِ تَس
اَندر ناگ یُس پوشہِ وِنہٕ زِندگی موکھ وُزان
۱۵ روزِ ہٕ زنانہٕ وٚزہ تَس " اے خداوند سُہ آب
دِمے یتھ مے ترٛیش لگہِ نہٕ آب نینہٕ یِنہٕ یوٗرِ ہٕ
۱۶ یسوٗع وٚوٚنتھ تَس گژھ پَنُن خانٛدار انُن ناد
۱۷ دِتھ ہٕ زَنہِ وٚوٚن تَس یوٗرِ یہ چھس نہٕ ورٛاے ہٕ
۱۸ یسوٗع وٚوٚنتھس کَتھا وٚنتھ یہ چھس نہٕ نَر
ورٛاے - تہٕ کیازِ ژٕ نے چھی پانٛژھ رٕنی کٔرک
ہتی تہٕ وُنکین یُس نش ژٕ چھکہ سُہ چھےٚ نہٕ
۱۹ رُوان یہ وٚوٚنتھ ژٕ نے پوٚزہٕ زَنی وٚزٕہ تَس
کُن اے خداوند مے چھُ باسان زِ ژٕ چھکہ
۲۰ نبی ہٕ سانی مالی ڈلی بَن کرٕ یتھ بالس پیٹھ
عبادت تہٕ ژٕ چھکہ وَنان یتھ جایہِ پرستش کرٕنی
۲۱ پیزِ سو چھےٚ یوروشلم ہٕ یسوٗع وٚوٚنتھ تَس
ہَنہٕ بنی میانہِ کتھہِ کرٕ پتھ زِ سُہ وَق چھُ ینہٕ
وول زِ توہی نہٕ کرِو یتھ بالس پیٹھ تہٕ نہٕ یوروشلمہٕ
۲۲ یہ پرستش ہٕ لیکھ تو یہ وٚوٚن چھُو تہٕ
تِہنٛز پرستش چھو کران، اَسی یُس زانون تَسی
چھ پرستش کران تہٕ کیازِ نجات چھُ یہوٗدیو
۲۳ منٛزٕ ہٕ پوٚز سُہ وَق چھُ ینہٕ وول بلکہِ یوہے
وَق چھُ زِ پزی پرستش کرن والی کرن روٗحہٕ
تہٕ پزِ تہٕ سان یہ پتھرٕ پرستش اوکینہٕ زِ ب
چھُ یتھی پرستش کرن والی ژھاندان ہٕ
۲۴ خودایے چھُ روٗح تہٕ لازمی چھُ زِ تَس پتھ
والی کرن روٗحہٕ تہٕ پزِ تَس پیٹھ پکنتھ تَسنٛز
۲۵ پرستش ہٕ زَنی وٚز تَس مے چھُ پے زِ

مسیح یَس خرمنس تہٕ چھِ ونان چھُ ییتہٕ وول ییٚلِہ

۲۶ سُہ وانہٕ تمہِ ساتہٕ وَنہٕ آسہِ سارے کتھہٕ ؤلیسوٗع
وۆتہ تَس یہٕ یُس ژٕ نے ستنی کتھہٕ کران چھُس ،

۲۷ چھُس سُے ۔ تامتھ ییٚنے تِنٛدی ژاٹھ ییتھ تہٕ
سۄدکھ تاجب زِ سُہ چھُ زَنہِ ستی کتھہٕ کران تو نہٕ
تہٕ ووٚنُس تہٕ کانٛسہِ ژٕ نے کیا گژھی ؟ نتہٕ یہٕ

۲۸ زِ ژٕ کوٚ خاطرِ چھُکھ کتھہٕ کران ؟ اَدٕ تِمہٕ ووزَنہٕ نوٚٹ

۲۹ تہٕ گییہٕ شہرَ لوکَن لوکَن وَنُن ۔ ژلِو۔ اکھ زوٚن
وُچھوٚن ییٚمہِ متے سار ییے کامہِ وَنہٕ ، ہیتہٕ وُن

۳۰ چھا زِ یوہ ہے آسہِ مسیح ؟ تِم نٛگی شہرَ تہٕ آوِتہ تَس

۳۱ نِش ییتہٕ ۔ اَتھی مَنٛزٕ لگی تَس ژاٹھ وَنہٕ اَے

۳۲ ربّی ! کینٛہہ ھا کھیٚتے ۔ یوزٕ سُہ ووٚ نتھ تِمَن متے
چھُ کھینٛوٚن کیٛت تہٕ یہٕ تُوہہِ وُچھتے چھُونہٕ ۔

۳۳ اَمہِ پیتہٕ ووٚن ژاٹٕو یانہٕ وَ اَنی زِ کانٛسہِ چھا اَسِ

۳۴ کھینٛوٚن کیٛت کینٛہہ اوٚ نمُت ۔ یسوٗع ووٚ نتھ
تِمَن میٛون کھین چھُ زِ یَینٛس سوزِن وول سُنٛد

۳۵ مَرضی ییٚٹھ کرٕ عمل تہٕ تَسُنٛد کام وانٛنا وانٛدہ ۔
توٚہی چھِو ناوَنان زِ فصل وانٛنس چھِ ژُ تہٕ زور
رِیتھ ؟ وُچھِو میانہٕ وَنہٕ ییٚتہٕ اَچھِ تُلِو کھینٛن کُن

۳۶ زِ فصل چھُ وۆتمُت ۔ تہٕ لوٚنَن واَلِس پیٚچھتے
سوٚزٕ ژٕ ری میلان تہٕ ابدی زندگی ہیٚرا و نہٕ خاطرِ
چھُ فصل سوٚمبرنتھ تھاوان یُتھ وُوٚن وول تہٕ
لوٚنَن وول دۆ شوٗ ے مناوَن سۄمِتھ شادیٕ ۔

۳۷ تہٕ کتھ زِ اَتھ ییٚٹھ چھِتے یہٕ مثال برابر یوان زِ

۳۸ وُوٚن وول چھُ کُستام تہٕ لوٚنَن وول کُستام ۔ متے
سوزی تُوہہِ تُوہہِ سُہ ڈوٚرلونہٕ ییتھ تُوہہِ نہٕ کمائے
کرٕ و تہٕ ۔ دۆ بیٚمو ژوٚٹ ژوٚ و تہٕ توٚہی سیدٕ و تِہنٛدِس

۳۹ ژوٚز ژتَس منٛز شریکھ ۔

۴۰ تمہِ شہرکیو واریاہو سامر لوکَو کٔر تَس زنانہٕ ہِنٛد وَنہٕ کِنۍ
گواہی دِتٕ زِ تِمۍ وَنہٕ متے میانہٕ سارے کامہٕ اوٚن

۴۰ تَس ایمان ۔ ییتہٕ ییٚلِہ تِم سامری تَس نِش آے تِمو
کوٚرتَس زارٕ پارٕ زِ اَسہِ نِش روز چُنانچہِ روٗد سُہ

۴۱ تتہٕ دوٚن دوہَن ۔ تہٕ تِہنٛدِ گفتار کنۍ اَوٚن ییٚتہٕ

۴۲ تہٕ واریاہو ایمان ۔ تہٕ تَس زَنہٕ وۆنکھ ، ودٕ نٕ
چھِنہٕ اَسۍ چانہِ وَنہٕ ایمان اَنان اَو کِنۍ زِ اَسہِ
یوٚزٕ پانہٕ تہٕ پے چھُ زِ یہٕ چھُ دُنی ہُند موکلاوَن

۴۳ وول ۔ ییتہٕ دٕرا و سُہ تِم زِ دوہ تتہٕ گژھٕ آرِ تھ

۴۴ تتہٕ تہٕ گو گلیل ۔ اَو کِنۍ زِ یسوٗعَن دِژ پانہٕ گواہی زِ
نبی یَس چھِنہٕ پننِس وطنَس منٛز عزتھ ووتھان

۴۵ (واتان) ۔ ییتہٕ ییٚلِہ سُہ گلیل ووت گلیلیو ہیوت
سُہ شیرِ اَو خاطرِ زِ یمہٕ کامہِ تِمۍ عیبِز کیٛت
یوروشلمہٕ کرِ مژٕ آسہٕ تِمو آسہٕ تِمہٕ وُچھمژٕ تہٕ کیازِ
تِم تہٕ آسۍ عید مناونہٕ گامتۍ ۔

۴۶ ییتہٕ آو سُہ ییٚیہٕ قانائے گلیل ییٚتہٕ تِمۍ آبَس
شراب اوس بنوومُت تہٕ بادشاہس اوس

۴۷ اکھ نوکر یُس کفرنحومہٕ منٛز بیمار اوس ۔ یہٕ

۴۷ یہ بُوزِتھ زِ یسوٗع چھُ گلیل ترٛاوِتھ گلیل آمُت
گوٚو تَس نِش تہٕ لوٗگُس زارٕ کرُنہِ زِ یِکھ میانِس
نیچوِس کر شفا تہٕ کیازِ سُہ چھُ مرنس وۄتمُت ۔
۴۸ یسوٗع وۄنُتھ تَس یوٗتام نہٕ تۄہۍ نِشان تہٕ حٲرٕنی لایق
کام کرکھ توٗتام اَنکھ نہٕ کُنہِ پٲٹھۍ ایمان ۔
۴۹ بادشاہٕ سٕندۍ مۄہنِوۍ وۄن تَس خداوند میانِس
۵۰ نیچوِس سٕندِ مرنہٕ برٛونہہ یِکھ ۔ یسوٗع وۄنُتھس
پھیرِتھ گژھ، چون نیچو چھُ حیات، تمۍ کوٚر اَتھ
کتھِ پژھ یوسہٕ تَس یسوٗعن وۄنۍ تہٕ دراو ۔
۵۱ سُہ اوس وتی زِ تَس سمکھے نوکر تہٕ وۄنہٕ نیچو چھُے
۵۲ زِندٕے ۔ تمۍ پرٛژھ تِمَو زِ تَس کَنہِ بجہِ ہیوٚتُن
آرام گژھُن؟ تِمو وۄنُس راتھ سٕتِمہ گرِیہ ہشتر
۵۳ وۄتھ تَس تپھ ۔ اَدٕ زوٗن مٲلِس فِکرِ زِ سُے
وَق اوس یَلِہ یسوٗعٕ تَس وۄنُتھ گژھ ۔ نیچو
چھُے حیات تہٕ یَتہٕ تمۍ تہٕ تٔمۍ سٕندۍ گرِٕکۍ گرن اوٚن
۵۴ ایمان ۔ یہ اوس دوٚیم موجِزٕ یُس یہوٗدیہ پیٹھٕ
گلیل یِتھ یسوٗعن ہوو ۔

## باب ۔ ۵

۱ یمو پتہٕ آیہ یہوٗدین ہُنز اکھ عید تہٕ یسوٗع گو
۲ یوروشلم ۔
۲ یوروشلمہِ چھُ بیڈ دروازِس نِش اکھ تلاو یتھ
عبرانی پٲٹھۍ بیت حدا چھِ وَنان، اَتھ چھِ پانٕژھ
۳ برانڈٕ ۔ تِمن پیٹھ چھِ آبس براروٕنۍ واریاہ

۴ بیمار تہٕ اَنٛدۍ تہٕ لنگٕر تہٕ کمزور لوکھ ڈٲپھ دِوان۔ [تہٕ کیازِ
یِنہِ وقتہٕ          خداوند سٕنٛد فرِشتہٕ تلاوس منٛز
وۄسِتھ پٲنۍ تَس کھوٚلو دِوان، کھوٚلو لگہٕ وُنے یُس آبس
منٛز وسان اوس تَس اوس شفا بنان اَدٕ تَس یوسہٕ
۵ بیمٲری آسہے تہٕ سو]۔ تتہٕ اوس اکھ زٕ وۄتابُس
اَرتالہِ ووہرِیو پیٹھٕ بیمار وۄتھمُت اوس ۔
۶ یسوٗعن وُچھ سُہ پیٹھ یہ زانِتھ زِ سُہ چھُ واریاہ
وقتہٕ پیٹھٕ اَمی حالہٕ، وۄنُن تَس تہٕ چھُکھہ اوٚرجان
۷ گژھان؟ تمۍ بیمارن وۄنُس پھیرِتھ خداوند مےٚ
چھُنہٕ کہِں یُس مےٚ تمہِ ساتہٕ آبس منٛز والہِ یَلہِ
آبس کھوٚلو پیہِ دِنہٕ اَتھ بدل چھُ میانہٕ وانتہٕ
۸ برٛونٹھے دوٚیُم آبس منٛز وسان ۔ یسوٗع وۄنُتھ
تَس وۄتھ تہٕ ہینِہ چارپاے ہیتھ پھیر تھوٗر ۔
۹ سُہ زوٗن گوو وُچھان وُچھان اوٚر دوٚر تہٕ ہینی چارپاے
تُلِتھ پھیر تہٕ تھورنہٕ ۔
۱۰ تمہِ دوہہٕ آس سبت یہوٗدیو وۄن اَدٕ تَس یُس
شفا اوس بیوٗمُت زِ اَز چھُے سبت، چانہٕ باپتھ
۱۱ چھُنہٕ چارپاے تُلنی جایِز ۔ تمۍ دِژ تِمَن پھیرِتھ
بیتمہ مےٚ اوٚر جان رٔٹِت تمۍ وۄنم چارپاے
۱۲ تُل تہٕ پھیر تھور ۔ تِمو پرٛژھ تَس زِ سُہ کُس
۱۳ چھُ زِ چارپاے تُل تہٕ پھیر تھور؟ یُس بس
شفا بیوٗمت اوس تَس اوس نہٕ پَے زِ کُس
چھُ تہٕ کیازِ جِسر کیٛز اوس یسوٗع تتہٕ تَس دراُمُت ۔

بیو لُکھو بینہ شکہ سہ بیکس مَنز بسوٗعس تِمی
وِدٕنس وُچھ تِ چھکہ اڈر دوٗر، بیٹھ کری زِ تہٕ گوتاہ
بینہ نیٚنِتہ ہیوٗ گژھی زامیہٕ کھوتہٕ بلاے اکاد
15 گژھی اکاد ہے تمہٕ شمعس وُنی گژھ صنتہ بہوٗ دپن
شنیچھ زیٚٹھی یہ ٹلبرووس سہ چھُ بسوٗع ہے
16 اوٗ کینہہ لگی یہوٗدی بسوٗعس ستا وِنہٕ تہ کیاز سہٕ
17 اوس ستک دوہ یژھ کامہ کران ہے یوٗز
بسوٗع ووٚنتہ تِمَن زمیوٗن بَب چھُ وُنِسنام
18 کام کران تہ بہ تہٕ چھس کام کران ہے امہٕ سببہ
لگی یہوٗدی تِس قتل کرنچ زیادٕ کوشش کرنہٕ زِ
سہ چھُنہ ستکی یوت حکم پھٹراوان بلکہ چھُ خودایس
پنُن مول وَنتھ پنُن پان خودایس برابر بناوان
19 بینہٕ ووٚنتھ بسوٗع تمن ۔ بہ چھُسو توہہ یوٗز وَنان
زِ نیچو ہیکہ نہٕ پانہٕ کینہٕ کرتھ امہٕ وراٗے یہ سُہ
مالِس کران چھُ وچھان تہ کیاز یہ کامہ چھ نیچو
20 تہٕ نتھے پانُٹھ کران ہے اوٗکینہہ زِ مالِس چھُ گوبر
لوٗلٹھ آسان تہٕ پنٕز کامہ پانہ چھ کران تس چھُ تِمہ
ہاوان بلکہ ہاوِس امہٕ کھوتہ تہٕ سرس کامہ یُتھ
21 توہہ ناجب سپدِو ہے تہٕ کیاز یِتھہ کُنہہ ہُب مورٕدن
ژلان تہٕ زِندہ چھُ کران تِتھے پانٹھ چھُ نیچو تہٕ
تَس زِندہ کران یسٕند زِندہ گژھُن کانچھ ہے
22 تہٕ کیاز مول چھُنہٕ کانسہٕ عدالتھ تہٕ کران، اتھ
بَدل چھُ تمی عدالتھ کرنک کار نیچوِس حوالہ

23 کوٗر ہُت ہے یُتھ ساری لوکھ نیچوس یِزتھ
کرن یتھہٕ کُنہ مالِس چھ کران۔ یُس نیچوس یِزتھ
کران چھُنہٕ، سہ چھُنہٕ مالِس تہٕ یِزتھ کران ینمی
24 سہ سوٗزمُت چھُ ہے یہ چھُسو توہہ یوٗز وَنان
زِ یُس میوٗن دوٚپ چھُ بوزان تہٕ میانِس سوزَن
والِس چھُ پژھ کران یوسہٕ ونی زِندگی چھِنے
تَسُند یوگ تہٕ نہند خاطر چھُنہٕ سزٕہک حکم
تہٕ بیزان، اتھ بدل چھُ سہ موتہٕ منز نیبر ژھ
25 زِندگی منز ژامُت ہے یہ چھُسو توہہ یوٗز
وَنان زِ سہ وَق چھُ ییکان بلکہ چھُ یوتے وَق
زِ موٗرد بوزن خدا یہ پسندس گوبرُسند
26 آلو تہٕ یِم بوزن تِم زوٗن ہے تہ کیاز یتھہٕ کُنہ
مالِس پانٕی پانہٕ زِندگی چھِنے تتھی کُنہ بخش
تمہ نیچوس تہٕ زِ پننس اتھس منز نِغاو زِندگی ہے
27 بلکہ دِتُنس عدالتھ کرنک اختیار تہٕ اوٚکینہہ
28 زِ سہ چھُ آدم زاد ہے اتھ پیٹھ مہٕ گژھو توہہ حٲرٲنی
تہ کیاز سہٕ وَق چھُ ییکان زِ ییمہٕ قبرَن منز
29 چھِ تسُند آلو بوزتھ نیبرن ہے یموٚ رنٕ چھُ کوٚرمُت
زِندگی منز قیامژ موکھ تہٕ یمو بدٕی چھُ
کُماہ دِیتُمت تِمَن ہیچہ قیامژ موکھ ہے
30 بہ ہیکہ نہٕ پانٕی پانہٕ کینہہ کرتھ یہ بوزان چھُس
عدالتھ چھُس کران تہٕ میانی عدالتھ چھِنے
پزٕ نچ تہ کیاز بہ چھُس تہ پننی مرضی کانچھان

۳۱ ئلِہ کرِ سوزَن وآلی سِتنرہ مرضی ۂ ہرگاہ بہ پانَے
پنِنی گوٲہی دِمہ تیٚلہِ چھیہٕ میانی گوٲہی پیٚز ۂ
۳۲ بیاکھ تہٕ چھُہ یُس میانی گوٲہی چھُہ دِوان تہٕ بہ چھُس
زانان زِ میانی یوسہ گوٲہی سُہ دِوان چھُہ سو
۳۳ چھیٚنے پیٚز ۂ توہہ سوز ویُوحنا س نِش شینیچھ تہٕ
۳۴ تٕمی چھیٚنے پیٚز گوٲہی دِژمژ ۂ یوٚزبہ چھُس نہ پانَس
مُتلِق اِنسانہ سِنز گوٲہی مانان توتہٕ تہٕ چھُس
۳۵ یہ یِمہ کتھہ اوِکیتہٕ وَنان زِ لیُو نجات ۂ سُہ اوس
دزِوان تہٕ پیٚزلہٕ وُن ژوتگ تہٕ توہہ کوٚرو کیٚنژس
۳۶ کالَس تمہ کِس گاشَس نَل روزُن خوشی ۂ یوٚز
سِنے نِش یوسہ گوٲہی چھیٚنے سو چھیٚنے یوحنا سِنز
گوٲہی سِرَس اوِکینز یِمہ کامہ سِنے کرُنہ تہٕ تھٲوِنہٕ
دُیتھ گو یِمہ کامہ بہ کران چھُس تمہ چھیٚنے میانہٕ گواہ
۳۷ زِ بیَنِ چھُس بہ سوزمُت ۂ تہٕ سُہ بَب یٚیمی
بہ سوزمُت چھُس تٕمی چھیٚنے میانی گوٲہی دِژمژ
توہہ نہ چھُو زانہ تٕسنز آواز بوٗزمژ تہٕ نہ چھُو وُن
۳۹ ڈیٹھمُت ۂ تہٕ تٕسُند دوپ چھُو نہ دِلَس
مَنز رُژھِتھ تھَوان تہٕ کیازِ تٕمی یُس سوزمُت
۴۰ چھُہ تٕس چھُو نہ پَژھ کران ۂ توٚہی چھُو مُقدس
کِتابہ وُچھان دِوان تہٕ کیازِ زانان چھُو زِ تتھ
اندر چھیٚنے پوشہ وِنی زندگی توہہ مِیلان تہٕ یہ
چھُہ تہٕ یہ یُس میانی گوٲہی چھُہ دِوان ۂ توتہٕ
۴۰ چھُو نہ توٚہی زندگی پراونہ موکھہ سِنے نِش یوان ۂ
۴۱ سِنے چھیمہ اِنسانَن ہِند پَرژنچ ضروٗرت ۂ
۴۲ یوٚز سِنے چھیو توٚہی وُلِس نَل زِ توہہ چھُو نہٕ
۴۳ خودایہ سُند محبت ۂ بہ چھُس پننِس بَبہ
سِندِ ناوِ آمُت تہٕ توٚہی چھیووم نہ قبوٗل
کران۔ ہرگاہ بیاکھ کانہہ پننے ناوِ بہ سُہ
۴۴ کرِیوٗن قبوٗل ۂ توٚہی یُس بَرتھ کھ اکھس
نِش کانچھان چھِو تہٕ سُہ بَرتھ یُس گژھس
خودایہ سِندِ طرفہٕ سپدان چھُو چھو نہ
کانچھان ۂ ایمان اِے توتہٕ انوِکتھہ پاٹھی
۴۵ یہ مہ زانِو زِ بہ کرہ پنِس نِش تُہنز شکایتھ۔
تُہنز شکایتھ کرَن وول چھُہ موجوٗد موٗسیٰ
۴۶ یٚس نِس توہہ آس تھاومژ چھِو ۂ تہٕ کیازِ ہرگاہ توٚہی
موٗسی سَس پَژھ کرِی ہو تیلہِ کرِی ہو میٚنے تہٕ
پَژھ اوِکیزِ تٕمی چھُہ میانِس حقس مَنز لیوٗکھمُت ۂ
۴۷ یوٚز تیلہِ توٚہی تٕہندِس لیکھِس پیٚتِس پَژھ
چھِو نہ کران تیلہِ کتھہ پاٹھی کرِو میانِس
پَژھ ؟ ۂ

## باب - ٦

۱ یِمو کتھو پتہٕ توٚر یسوٗع گلیل سرَس پانِے
۲ تِبریاس سرَس اپور ۂ تہٕ لُکہ جٔمِیرِ دِرا و
تَس پتہٕ پتہٕ تہٕ کیازِ یِم موجزٕ سُہ بیمارَن مُتلِق
کران اوس تِم آسی تِہندِ نظرِ تَل ۂ
۳ یسوٗع کھوٚت بالَس تہٕ زاٹھ ہیتھ بیوٚٹھ

۴ تتہِ ہنہ یہوٗدیَن ہِنٛز فسح عید آسَ نکھہٕ ۔
۵ اَدٕ بیٚیلہِ یسوٗعن اَچھہٕ تُلتھٕ وُچھ زِ سٮ۪ٹھے گِنٛ چھہٕ نکہٕ
ارساتھ یِکان تمہِ ساتہٕ وونُن فلپسَس زِ اَسی
۶ کتہِ ہیٚموٗ بیہند کھینہٕ خاطرٕ ژوچہِ مولہِ ۔ یوٗز
تَس ازماونہٕ باپتھ وونُن تمِس اَدٕ کٔنہِ زِ تَس آسِ
۷ پانَس خبر زِ یہٕ کیٛا کرِ ۔ فلپس وونُس بیپر تھہ
زِ دوٚن ۂتن دِیناران ہنٛہ پوشن نہٕ یِمَن زِ پرتھ
۸ کانٛسہِ واتہِ رَژھا رَژھا ۔ تٔہندٕ یوٗژا اَکھ اندرٕ اَکھ
شمعون پطرس ہنٛدی بأے اندریاسن ووٚنی
۹ تَس ۔ ییتہِ چھہٕ اَکھ لٔڑکہٕ یَس پانٛژھ وُشکہٕ
ژوچہِ تہٕ زٕ گاڈٕ چھہے مگر ییٚتیٚن لوٗکن کوت واتن
۱۰ ییمہِ ۔ یسوٗع ووٚنُس لوکھ بیٚہناوُکھ تہٕ تتھ
جایہِ اوس وارِیاہ گاسہٕ تہٕ تِم مرد یِم اندازن پانٛژھ
۱۱ ساس آسی بیٚٹھی ۔ یسوٗعن رٚٹہِ تِمہٕ ژوچہِ تہٕ
شُکر کٔرِتھ دِژن تِمَن یِم گرِتھ یِم بیہِتھ آسی تہٕ
بیٚتھے پأٹھی یِم گٔرٕ گاڈٕ تہٕ تِمَن یِمَن تِمَن ہِنٛز پرے
۱۲ آس ۔ ییٚلہِ تِمَن ییٚڈ آیہِ اَدٕ ووٚنُن شاگردَن زِ
۱۳ پُرے ہٮ۪نٛتو ملکہٕ سومبرٕ وُپھتہ کیٚنہہ راوِ نہٕ ۔ چنانچہ
تِموٚ سوٚمبرووُ تہٕ پانٛژھو وُشکہٕ ژوچو مَنٛز ییمہِ
کھٔنِتھ کھینہٕ والین ہُرے یہٕ تِموٚ ستی آیہِ باہ لوکرِ
۱۴ بَرٕ تہٕ ۔ تہٕ ییٚلہِ یُس موجزٕ تِمی ہوو سُہ وُچھِتھ لوگ
لوکَو وَنُن زِ یُس بٔنی یُس دُنیہِ ہٕس یُن اوس
سُہ چھہٕ پزی کٔنہِ یہوے ۔
۱۵ اَدٕ ییٚلہِ یسوٗعَس معلوم گوٚو زِ تِم
چھہِ ہیٚتہ زُلتھ بادشاہ بَنٛاوُن کھوت سُہ گٔژھہٕ زِ وَن پانَس ییٚٹھ ۔
۱۶ یتہٕ ییٚلہِ شام گو تمہِ ساتہٕ گٔے تٔہندی ژاٹھ سَمندرَس
۱۷ بٹھِس ییٚٹھ ۔ تہٕ ناوِ کھیٚتھ آسی سَمندرَس اپور کفرنحوم
گژھان تہٕ وَژِ آس اَنہٕ گٹہٕ گامتٕ تہٕ یسوٗع
۱۸ اوس نہٕ اوٚت تام تِمَن نِش آمُت ۔ تہٕ
۱۹ واوہِ لٔسہِ سببہٕ لگو سَمندرَس مکرُو وُتھنہٕ ۔ اَدٕ
ییٚلہِ تِم ناوِ لَمان لَمان ترٛیہِ ژور میل ہیوٚہ
بٔگِ ہیٚتو آسی اَمہِ ساتہٕ وُچھ تِمو یسوٗع سَمندرَس پیٚٹھ
۲۰ پکان ناوِ نکھہٕ یوان تہٕ کھوٚژِ ۔ یوٗز سُہ
۲۱ ووٚنُتھ تِمَن کھوٚژو مہٕ یہٕ چھُس ۔ اَدٕ گٔے
تِم تَس ناوِ کھارنَس رأضی تہٕ سو ناو واتٕ
وُچھان وُچھان تتھ جایہِ یوٚت تِم گژھان
۲۲ آسی ۔ دوٚیمہِ دۄہہ وُچھ تِمی لکہٕ ارساتن یِم
سَمندرَس اپار اوس یہٕ زِ تتہِ آس نہٕ اَکھ ورأے
کانٛہہ لوکُٹ ناو تہٕ یسوٗع اوس نہٕ شاگردن ستی
ناوِ کھوٚتمُت بلکہٕ آسی تٔہندی ژاٹھے پانٛی
۲۳ گامتی ۔ [ یوٚژ کیٚنہہ لوکچہ ناوٕ آیہ تبریاسہٕ
بیٚٹھہٕ توٚتَن ییٚتہِ تِمو خداوند سٕنٛد شُکر کٔرِتھ
۲۴ ژوٚٹ آس کھیٚوژمُت ۔] ۔ اَدٕ وُچھ جمعتَن زِ
اَتہٕ نہٕ چھہٕ یسوٗع تہٕ نہٕ تٔہندی ژاٹھ اَدٕ درٛاے
تِم لوکچن ناوَن کھٔسِتھ یسوٗعَس ژھانٛڈنہٕ

۲۵ تہٕ واتِکھ کفرنحوم۔ تہٕ سُہ ییسِ اپارِ تِمَن سمکھیوو وَنہس
۲۶ ربّی! ژٕ کر آکھ یور؟ یسوع ووَنُکھ دَر جواب
بہٕ چھُس توہہ پَزٕ وَنان زِ توہیہ چھِوہٕ نہٕ مے اَمہ
موکھہٕ ژھانڈان زِ موعجزٕ وُچھوا تہٕ بدل اوٚہ موکھہ
۲۷ زٕ ژوٚ چہ کھیتہ اوٚ یڈ بَرِتھ۔ خالی کھینہٕ موکھہٕ بہٕ
زُلو زوٚ ٹلکہ تمہ کھینہ باپتھ یُس پوشہِ وٕنہ زندگی
تام ہیتھ گژھ چھُ روزان یُس ابن آدم توہیہ دیو
تتہٕ کیازِ تتھ چھُے بَن پاتے خوداین موہر کٔرمٕژ
۲۸ ادٕ وُچھس تِم زِ اَسی کیا کرو یتھ خودایہ سنٕز کامہ
۲۹ اَنو پامل؟ ییسوع ووَنُکھ یوہ خودایہ سنٕز کام
چھےٚ یہٕ زِ یُس تمی سوزمُت چھُ تَس اَنو ایمان۔
۳۰ ادٕ وَنُس تِمو اد کُس نشانہ چھُکھ ژٕ ہاوان یُتھ
اَسی وُچھتھ پَژھ کرو؟ ژٕ کوسہ کام چھُکھ کران۔
۳۱ سانِ بُڈِ ہَن ماکھ کھیو سیُکہ مادانس منز نشتہٕ
ماغیہ، چنانچہ لیکھیتھ چھُ زِ تمی سوز تِمَن کھینہٕ
۳۲ باپتھ آسمانہٕ بیچھہٕ ژوٚٹ۔ ییسوع ووَنُتھ تِمَن
بہٕ چھُس توہہ پَزٕ وَنان زِ موسیٰ ہَن دِژ توہہ
سو ژوٚٹ آسمانہٕ اَنِتھ پوٚز مِہوِن بب چھُ
۳۳ توہہ آسمانچ اصلی ژوٚٹ دِوان۔ تہٕ کیازِ
خودایہ سنٕز ژوٚٹ چھےٚ سو یوس آسمانہٕ وسِتھ
۳۴ دُنیہس زندگی چھےٚ بخشان۔ تِمو وَن تَس
خداوندا! یہ ژوٚٹ رُوزٕ اَسہٕ اَند وَند دِوان۔
۳۵ یسوع ووَنُتھ تِمَن، زندگی ہنٕز ژوٚٹ چھُس بہٕ

یُس مے نش یِیہ سُہ آسہ نہٕ زانہہ بوچھہِ ہوٚت
تہٕ یُس مے ایمان اَنہِ سُہ گژھہِ نہٕ زانہہ ترییشہِ۔
۳۶ پوٚز مے ووَنمو توہہ زِ توہیہ چھِوہٕ وُچھوس بہٕ تو تہٕ
۳۷ چھِوہٕ نہٕ ایمان اَنان۔ یہ کینژھاہ باب مے عطا
چھُ کران تہٕ وات مے نش تہٕ یُس مے نش یِیہ
سُہ ژھَن نہٕ زانہہ کڈُنہ۔ امہ کِنز زِ بہٕ چھُس
۳۸ امہِ خاطر آکاشہ ووَتھمُت زِ بہٕ کرہ تِی یہ مے
خوش کرِ ملی کرا اوٚ موکھہٕ یَنِس سوزَن والی سندِ
۳۹ یژھہ موجوب کرِ عمل۔ تہٕ میانِس سوزَن والی
سُند یژھن چھُ پی زِ یہ کینژھاہ تمی مے دیتمُت
چھُ بہٕ راو راوہٕ نہٕ اَتھ بدل کرہ تہٕ یُتھ پتمہِ دوہ ہیر
۴۰ تو سر یودِ۔ اوٚکینز زِ میانِس بَبہ سُند یژھن
چھُ پی زِ یُس تہٕ گوبرس وُچھہِ تہٕ تَس اَنہ
ایمان، پڑاوِ پوشہِ ونِی زندگی تہٕ بہٕ کرَن سُہ
پتمہِ دوہ ہیر تو سر زندہ۔
۴۱ یہودی لگو وُٹھہ پھسرایہ وَنہٕ اوٚکینز زِ تمی
اوس ووَنمُت زِ آسمانہٕ یوس بہٕ ژوٚٹ
۴۲ وُژھ سو ژوٚٹ چھُس بہٕ۔ تہٕ تِمو ووَن بہٕ چھُنا
یوسفن ہنیُو، یسوع یُہند مول مآج اَسی زانون؟
وو ذی کِتھہ کنی چھُ وَنان زِ بہٕ چھُس آسمانہٕ ووَتھمُت؟
۴۳ یسوع ووَنتھ یور تِمَن یوٚر پانہٕ مو اَنی مہ کرو
۴۴ پھسرارے۔ مے نش ہیکہِ نہٕ تو تام کانہہ
ییتھ یوٚ تام نہٕ سُہ بب ییمی بہٕ سوزمُت چھُس

نَس
بہٕ کرن شہ ہٕنٛز مہ دو بہ نوسر زندٕ

۴۵ نی ین ہنزن کتابن منٛز چھ لیکھنہٕ زٕ تم ساری
آسن خودائی ہُنٛد ہتھ، ییمہ سٕنہ بَس نَش بوزِمت
تہٕ ہیوٚ چھُمت چھُ سہٕ چھ مے نَش یوان ؤ

۴۶ بہٕ چھُسہٕ زٕ تسہ چھُ یَب وُچھُمت یوٚزُس خودایہ
ہٕنٛدِ طرفہٕ چھ آمُت تمی چھُ یَب وُچھمت ؤ

۴۷ بہٕ چھُسَو توہہ یوٚز وَنان زِ یُس ایمان چھ انان

۴۸ یوشہٕ ونی زندگی چھیے تَسنٛزے ؤ زندگی ہٕنٛز

۴۹ زوٚٹ چھُس بہٕ ؤ تہندی مالی نٕڈی بن کھیوٚ چارس

۵۰ منٛز ننہٕ مانچھ تہٕ موٚدی ؤ بہ چھیے سو زوٚٹ
یوسہ آسمانہٕ چھیے وَسان تُہنٛد انسان امہ اندر

۵۱ کھیٚیہِ تہٕ مَرِ نہٕ ؤ بہ چھُس زندگی ہٕنٛز سو زوٚٹ
یوسہ آکاشہ وُژھ ہرگاہ کانٛہ امہ زوچہ
منٛز کھیٚیہ سہ روزِ ابدس تام حیات تُلمہ کہِ
یوسہ زوٚٹ بہٕ دِنی یہچہ زندگی خاطرٕ دمہٕ سہ
چھُ میٚون مازٕ ؤ

۵۲ یہوٚدی لگہ ادٕ پہ وُ تھنہٕ ژو نہٕ زٕ زوٚن کیتھہٕ پاٹھی

۵۳ ہیکہ یمن ماز آسہ کھیوٚن دِتھہٕ؟ یسوٚع وَوٚتھ
تمن بہٕ چھُسَو توہہ یوٚز وَنان زِ یوٚ تام توہی
ابنِ آدم سُنٛد ماز کھیٚیو تہٕ تَسُنٛد رتھ چیٚیو نہٕ

۵۴ توہہ اندر چھنہٕ زندگی ؤ یُس میٚون ماز کھیوان
تہٕ رَتھ چھُ چوان یوسہٕ ونی زندگی چھیے تَسنٛزے ؤ
تہٕ ہٕنٛز مہ دو بہ کرن بہ سہ زندہٕ ؤ

۵۵ اوکنز میٚون ماز چھُ پزی کنی کھینک تہٕ رتھ

۵۶ چِنک چیزِ ؤ یُس میٚون ماز کھیوان تہٕ رتھ چھُ
چوان سہ چھُ میانہ سٕتی ڈنجہ روزان تہٕ بہ تَس

۵۷ اندرٕ ییٚتھہٕ پاٹھی بہٕ زِندٕ بٔنِ سوٚزُس تہٕ بہٕ چھُس
مالی ہٕنٛدِ سٕتی زندٕ تتھے پاٹھی روزِ سہ میانہ سٕتی

۵۸ زِندٕ یُس مے کھیٚیہ ؤ آسمانہٕ وٕزھم زوٚٹ چھیے
یہلے مالِس تہٕ بڈی بہ ہٕنٛدی پاٹھی نہٕ زِ
کھیتوکھ تہٕ موٚدی، یُس یہ زوٚٹ کھیٚیہِ سہ روزِ

۵۹ ابدس تام زِندٕ ؤ بہ کیتھہٕ وَنہٕ تمی کفرنحومکس
اکس عبادت خانس منٛز واظ یرنَس دوران ؤ

۶۰ وَے ودٕن تہند یوزا تُو اندرٕ واریا ہو یہ کلامہٕ

۶۱ چھُ گوب، یہ کُس ہیکہِ بوزِتھہٕ؟ یسوٚعن زبوٚن
پانی پانہٕ اندری زِ میانی ژاٹھ چھ اتھ کیتھہٕ ییچھ
بھرانسے کران تہٕ دوٚ تِنکھ توہہ چھِوامہ کیتھہِ

۶۲ سٕتی کھوٚنٛد لگان؟ ہرگاہ ژٕ سَتے ابنِ آدم
ہیوٚرٕ کھسان وُچھوٚن یتہٕ سہ گوڈٕ اوس تیٚلہٕ

۶۳ کیا سُپدِ؟ زِندٕ کرن وول چھُ روٗح کایہ سٕتی

۶۴ چھُنہٕ کانٛہہ فائدٕ ؤ مے یمہ کیتھہٕ وَنہٕ تمو تمہ

۶۵ چھیے روٗح (گوٗج) تہٕ تہٕ زندگی تہٕ ؤ یوٚز توہہ
منٛز چھ کیٚنہہ تِمی یمو ایمان اوٚن تہٕ اوکنز یہ
یسوٚع اوس گوڈٕ پیٹھے زانان زِ یم ایمان آنان

۶۶ چھِنہٕ تم کم چھ تہٕ مے کُس رٕٹناوِ ؤ یتہٕ ووٚن تمی
اوسے اوسمو مے توہہ وو نمت زِ مے نِش

ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ ییتھ، یوٚتام نہٕ موٗل تَس یہِ توفیق دِیہِ۔
۶۶ آتھ پیٹھ گٔیہ واریاہ ژاٹھ تَس پیٹھہ رٕتھ تہٕ تِمہٕ
۶۷ پتہٕ رٕوٕدی نہٕ تَس ستہٕ۔ اَدٕ وۆن یسوع تِمَن
بہن تۄہہِ تہٕ چھِوا یژھان ہیٚون؟
۶۸ شمعون پطرس وۆن تَس، اَے خداوندا! اَسۍ کَس
۶۹ نِش گژھو؟ پوشہٕ وٕنہٕ زِندگی ہُنٛز کتھ چھےٚ ژٕ
نِش۔ تہٕ اَسہِ اوٚن ایمان تہٕ زوٚن زِ خودا سُنٛد
۷۰ قدوس چھکھ ژٕے۔ یسوع وۆن تِمَن
پچھِرِتھ، مےٚ ژٕ آرٕی مَو نا تۄہہِ باہ؟ تہٕ تۄہہِ
۷۱ مَنٛز چھُ اکھ زوٚن شیطان۔ یہِ وۆن تِمۍ شمعون
اسکریوتی سٕندِس نیچوِس یہوٗداہس مُتعلق تہٕ
کیازِ یِمو بہَو مَنٛزٕ اوس تَس تَس رٕٹناوُن وول۔

## باب - ۷

۱ یِمو کتھو پتہٕ رٕوٕد یسوع گلیلہِ پھیران تہٕ کیازِ
یہودیاوس نہٕ ثرُن پھیرُن یژھان آمہٕ کیٚنہ
زِ یہوٗدۍ آسۍ تَس قتل کرنچہٕ کوشش پتہٕ لگِتھ۔
۲ تہٕ یہوٗدین ہُنٛز خیام عیدا اَس نکھے۔ اَدٕ وۆن
تَس بایو یِتہٕ پیٹھ یِنٛہِ تہٕ گژھ یہوٗدیہ زٕلو سہ
۳ کام ژٕ کران چھکھ تِتھ پیٹھ روز چانہِ ژاٹھ
۴ تہٕ نظرِ۔ تہٕ کیازِ کانٛہہ اکھاہ چھُنہٕ تِتھ یُس ناو
یژاوُن یژھِ تہٕ ژوٗر ژوٗرۍ کرِ کام۔ ہرگاہ ژٕ
یہِ کام چھکھ کران تیلہِ کڈ دُنیہس مَنٛز پنُن
۵ پان نوٚن۔ اَو کیٚنہ زِ تَس اوس نہٕ بایو تہٕ ایمان

۶ اوٚسمُت۔ اَدٕ وۆن یسوع تِمَن زِ مےٚ چھُنہٕ میون
وَق آمُت مگر تُہنٛدِ خاطرٕ آسہِ سارُے وِزِ۔
۷ دُنیا ہیٚکہِ نہٕ تۄہہِ سٕتۍ عداوت تھٲوِتھ مگر
مےٚ سٕتۍ چھس تہٕ کیازِ بہٕ چھس یہِ گواہی دِوان
۸ زِ اَمِہ چہِ کامہِ چھےٚ ناکارٕ۔ تۄہہِ گژھِو عیٖدِ
پیٹھ۔ بہٕ گژھہ نہٕ وُنہِ عیٖدِ اَندر نہٕ کیازِ وُنہِ آو نہٕ
۹ میون وَق برابرٕ۔ تِمَن یِمہٕ کتھہٕ وٕنِتھ رُود
سُہ گلیلے۔
۱۰ یوٚر بیٚلہِ تَسنٛدۍ بایہِ عیٖدِ پیٹھ گٔیہ، تِمہٕ وِزِ
گوٚو سُہ تہِ نٕنی بانٛھٕ نہٕ کیٚنہہ بلکہٕ پوشیدگی مَنٛزٕ۔
۱۱ اَدٕ لگۍ تَس یہوٗدۍ عیٖدِ دوہ یہِ وٕنِتھ ژھانٛڈنہٕ
۱۲ زِ سُہ کتہٕ چھُ؟ تہٕ لوٗکو کرِ لو نہٕ لوتہٕ تَس مُتعلق
واریاہ کتھہٕ۔ کیٚنہہ آسۍ ونان زِ سُہ چھُ نیک۔ تہٕ
کیٚنہ زِ سُہ چھُ لوٗکَن وَتہِ ڈالان۔ تۄتہٕ نہٕ اوس
۱۳ نہٕ یہوٗدین ہُنٛدِ بیمہٕ کانٛہہ تَس مُتعلق صاف
صاف کتھہٕ کران۔
۱۴ تہٕ بیٚلہِ عیٖدِ ہُنٛدۍ نصف دوہ موکلے یہِ
تِمہٕ ساتہٕ لوٗگ یسوعن ہیکلس مَنٛز واظ پرُن۔
۱۵ یہوٗدیو وۆن اَدٕ تعجب کٔرِتھ زِ یہِ
۱۶ کتھ آو تَس علم؟ یسوع وۆن تِمَن دَر جواب
زِ میٲنۍ تالیم چھےٚ نہٕ میٲنۍ بلکہ چھےٚ میانِس
۱۷ سوزن والۍ سٕنٛز۔ ہرگاہ کانٛہہ تَہنٛزِ وَتہِ
پکُن یژھِ تَس لگہِ اَمہِ چہِ تالیمہِ مُتعلق پَے زِ

خودا یہِ سِند طرفہٕ چھِنے تَنہٕ چھُس بہٕ پننہِ طرفہٕ
۱۸ وَنان ۔ یُس پننہِ طرفہٕ کینہہ وَنان چھُ سُہ چھُ
پننِ بڑرَتھ کانچھان یوٚزِ یُس پننِس سوزن
واَلِس سُند بڑرَتھ کانچھان چھُ سُہ پزی بور تہٕ
۱۹ تَس اندر چھُنہٕ اپزٕ ۔ موٗسیٰ ہَن دِژوو نا توہہ
شریعت ؟ توٚتہٕ تہِ چھُنہٕ توہہ مَنٛز کانٛہہ شریعتس
پیٹھ عمل کران ۔ توٚہی کیازِ چھِوٕ مےٚ قتل کرُن
۲۰ یژھان ؟ لوکو وَونُس توٚرِ ژےٚ مَنٛز چھُ بَد رُوح
۲۱ کُس چھُے ژےٚ قتل کرُن یژھان ؟ یسوٗع وَونُکھ
پَتھ ز مےٚ کَر اکھ کام تہٕ توہہ سارِ نے
۲۲ چھِوٕ تاجب ۔ امی کیٚنہٕ چھُ موٗسیٰ ہَن توہہ
ختنُک حکم دِژمُت ( حالانکہِ سُہ چھُنہٕ موٗسیٰ
سِند طرفہٕ بلکہِ چھُ جد و اجدادو پیٹھ چلان
آمُت ) تہٕ توٚہی چھِوٕ سبتُک دوہ ختنہٕ کران ۔
۲۳ یبِلہِ سبتس کُنُت مردس ختنہٕ چھِوٕ کران یِتہٕ
موٗسیٰ سِندِ شریعتُک حکم پھُٹہِ نہٕ تیٚلہِ چھِوٕ
مےٚ اَمہِ کیٚنہٕ ناراض زِ مےٚ کوٚر سبتُک دوہ
۲۴ اکھ زوٚن بلکُل صحت مند ۔ نمہِ موٗجوب
مہٕ کرِو فاصلہٕ بلکہ نوٚن چھُ بلکہ کرِو انصافہٕ
۲۵ سان فاصلہٕ بہٕ کینہہ ژھا
۲۵ اَدِ ہیوٚت کینٛژو یورو شلیمو وَنُن ۔ بہٕ چھُنا
سُے یُس مارنچ کوشش چھِنے سپدان ؟
۲۶ پوٚز وُچھِو بہٕ چھُ شنز رِتھ وَنان تہٕ تِم چھِنہٕ

اُمِس کینہہ وَنان بہٕ ہیکیا یمَن زِ زِٹھوٗ آسہِ
۲۷ پزی پاٹھی موٚنمُت زِ مسیح چھُ یوہے ؟ اَسی
زانون زِ کتیٚنگ چھُ یوٚز مسیح یِیِلہِ بہٕ کانٛسہِ لگِ
۲۸ نہٕ پےٚ زِ سُہ کتیٚنگہ چھُ ؟ اَدِ وَوٚن یسوٗعَن ہیکلس
مَنٛز واعظ بَران کرِتھ دِتھ توٚہی زانِو مےٚ تہٕ
یتہٕ چھُوٚ پےٚ زِ کتیٚنگ چھُس تہٕ بہٕ آس نہٕ پانے
پوٚز یُیمہ بہٕ سوٗزمُت چھُس سُہ چھُ پوٚز، سُہ
۲۹ زانٛیون نہٕ توٚہی ۔ سُہ زانَن بہٕ اَوکیٚنہِ زِ بہٕ چھُس
۳۰ تٔمِسند بلکھٕنک تہٕ تمی چھُس بہٕ سوٗزمُت ۔ اَدِ
لگِو تِم تَس رٹنچ کوشش کرنہِ اَما پوٚز اَوکیٚنہِ زِ
تَسُند وَق اوس نہٕ وُنہِ ووتمُت تِژو وَنہٕ تَس
۳۱ کانٛسہِ اَتھہٕ ۔ مگر جَسرِ اندر وَوٚن واریاہو تَس
ایمان تہٕ لگِو وَننہِ زِ مسیح ییِلہِ یِیہِ سُہ ہاوِیا امہِ
۳۲ موعجزو کھوٚتہٕ زیادٕ موعجزٕ یِم اَمی ہاوِی ۔ فریسیو
بوٗز لُکھ چھِ تَس متعلق یوٗتہِ یوٚتہِ کتھہٕ کران ۔
اَدِ سوٗزی زِ رٹھوٗ کاہنو تہٕ فریسیوٚ تَس رٹنہٕ باپتھ
۳۳ پیادٕ ۔ یسوٗعن وَوٚنکھ بہٕ چھُس کینژن دوہن
توہہ نِش، پَتہٕ گژھہ پننِس سوزَن واَلِس نِش ۔
۳۴ توٚہی دِیو مےٚ ژُنڈ مگر لبِتُم نہٕ تہِ بیتہٕ بہٕ چھُس
۳۵ توٚت ہیکو نہٕ واَتِتھ ۔ یہوٗدیو وَوٚن پانہٕ واَنی
یہ کوٚت گژھہِ زِ اَسی لبون نہٕ ؟ تمن مَنٛز گژھیا
یِم یوٗنانیَن اندر جایہِ جایہِ چھِ روزان تہٕ یوٗنانیَن
۳۶ پرِنیاواعظ ۔ یہ کیا دلیل چھِنے یوسہ اَمی وُنی زِ

توٚہۍ ژھانٛڈِو مےٚ مگر لبیوٚم نہٕ تہٕ ییٚتہِ بہٕ چھُس

۳۷ واٚتوٚنہٕ عیدِ ہندِ آخری دۄہ یُس خاص دۄہ

چھُ دۄ تہ اوٚد یسوٗع کھڈٔوٚد تہٕ بۅڈٕ ہیٚکہِ ووٚنُن، ہرگاہ

کانٛہہ ترٛیشہِ ہوٚت چھُ سُہ ییٚین مےٚ نِش ییتھ

۳۸ ترٛیش ہیُس مےٚ ایمان اَنہِ تَس وُزن اندرے

زندگی ہندِ آبچہ کولہِ ییٚمینک ذِکر مقدس کتابہِ

۳۹ مَنٛز چھُ آمُت یہِ کتھ ڈٕلی تمۍ تتھہ رُوحَس مُتلِق

یَتھ تِم پٔراوَن واٚلۍ آسۍ یمیٚو تَس ایمان اوٚن اَو

کِنٛز زِ وۄنہِ اوس نہٕ رُوح نازِل سپُدمُت اَوکِنٛزِ

۴۰ یسوٗع اوس نہٕ وۄنہِ جلالَس وۄتمُت ہۄ جسِ اندر

ووٚن اِدِ کیٚنٛژَو یمہِ کتھہِ بوٗزِتھ پٔزۍ کنٛز چھُ یہ ہے

۴۱ سُہ نبی ہۄ دۄیمیو ووٚن یہِ چھُ مسیح تہٕ کیٚنٛژَو ووٚن

۴۲ کیاز؟ مسیح ییا گلیلہِ ییٚتھِ ہۄ مُقدس کتابہِ منٛز

چھُنا لیکھتھ زِ مسیح آسہِ داوٗدُ سِندِ کرانہِ تہٕ

بیت لحم کِہ گامہِ ییٚتھِ ییٚتیٚنگ داوٗد اوس؟

۴۳ اَمی وجہِ کنٛز گو لوکَن مَنٛز اختلاف ہۄ نہٕ تِمو منٛزِ

آسۍ کیٚنٛژ تَس رَٹناوُن یژھان مگر تَس ترٛۄو

۴۴ نہٕ کانٛسہِ اَتھہِ ہۄ اَدِ آے ییاٚدِ زِ کھٹِھی کاہنَن نِش

فریسین نِش تہٕ تِمو وۄنکھ سُہ کیازِ اوٚن ووٚن

۴۵ نہٕ؟ ییادِ وُتھکھ زِ انسانَن کوٚرنہٕ زانٛہہ تہٕ یِتھ

۴۶ کلامہِ ہۄ فریسیو وۄنکھ دَر جواب توٚہۍ تہٕ ڈٔلِوا

۴۸ وَتہ؟ اَمازِ کھٹو یا فریسیو اَندرِ تہٕ اوٚناتَس کانٛہہ

۴۹ ایمان ہۄ بوٚز شریعت نہٕ زانَن واٚلۍ عام لوٗکھ

چھِ لانتی ہۄ نیکدیمَس ووٚ تہ تِمن نِشی گوہ ڈُتَس

۵۱ نِش آمُت اوس تہٕ تِمو ے منٛزٕ اوس ہۄ سوانٛز

شریعت چھا کانٛسہِ رَٹِتھ زِدکران یوٚتام نہٕ تَسُند

۵۲ بوٗزِتھ زانہِ سُہ کیا چھُ کران ہۄ تِم وُتھِکھ تتھہ

توٚرِ ژٕ چھُکھ گلیلُک؟ ژھانٛڈِتہٕ وُچھ زِ گلیلہِ

۵۳ ما چھُ کانٛہہ نبی ووٚتھَن وول ہۄ پَتہٕ گو تِمو منٛزٕ

پٔرتھ کانٛہہ گرِ ہۄ

## باب ـ ۸

۱ مگر یسوٗع کھوٚت زیتوٗن بالَس ہۄ سہ آو سُلی

ہیکلَس منٛز ییٚتیہ تہٕ ساری لوٗکھ آے تَس نِش

۲ تہٕ سُہ لوٚگ تِمن ہِہیتھ وانِظ بَرنہٕ ہۄ تہٕ مذہبی دارو

۳ تہٕ فریسیو اَنِ تَس نِش اَکھ زنٛانہِ یوٚسہ زِنہٕ

ییٚتھِ رَٹہٕ ژٔ اَسکھ تہٕ تَس منٛزس وۄدِ لِکھا وِتھ

۳ یسوٗعس کوٚن ہۄ حضرت! یہِ ڈٕلی آیہ زِناہ کران

رَٹنہٕ ہۄ تورٛاتَس منٛز چھُ موٗسیٰ تِن اَسہِ حکم دِیُت

مُت زِ ییٚژھ زنانہِ گژھ کھ کنہِ کنہِ ژھوَن کیا

۶ چھکھ ییٚمِس زنانہِ مُتلِق وَنان؟ تِمو ووٚن

تَس یہِ ازماونہٕ موکھہ یتھ تَس رَٹِتھ کھارنک

کانٛہہ وجہِ ژھارَن یوٚز یسوٗع لوٚگ نمِتھ

۷ اوٚنگجِ سیتۍ ییٚتھرَس پیٚٹھ لیکھنہِ ہۄ ییٚلہِ تِم تَس

سَوال کران گیےٚ سُہ ہیوٚٹھ سیوٚد تہٕ ووٚنکھ

ییٚمی توٚہۍ اندرِ کانٛہہ گوناہ کوٚرمُت آسہِ نہٕ

۸ سُے لایہِ اَمِس گوڈٕ کنۍ ہۄ بیتہٕ تمۍ یمنو ییٚتیہ

۹ تہٕ بوٗزِتھ اوٗنگجہ ستی پنٕنس ضمیرس لکھنہٕ ؤ بہٕ بوٗزِتھ
دراے نٕم ساری لوکھ بڈی اکہٕ اکہٕ تہٕ یسوٗع
روٗد کُنُے زٔنان تہٕ زنانہٕ روزِ تھنی مَنزس ووٚدِنۍ
۱۰ سپُد بہٕ ہتھ ووٚنتھ یسوٗع تَس زنہِ ہتِہ لی یم کوٚت
گیٚیہ ساری ؟ کاٗنٛسہِ کوٚڈ نا ژےٚ سیٚتھ کانٛہہ حکم ؤ
۱۱ سوٚ وُنِس، خداوند کاٗنٛسہِ نہٕ۔ یسوٗع ووٚنُس
بہٕ تہِ کھارےٚ نہٕ کانٛہہ زٔٹھ۔ گژھ دُبارٕ کرِزِ نہٕ
کانٛہہ گوناہ ؤ
۱۲ یسوٗع ووٚنتھ ادٕ تمن کُن پھیرِتھ، دُنِیہُک نوٗر
چھُس بہٕ۔ یُس میانِی پٲروی کَرِ سہٕ پکِہ نہٕ انہِ
گٹہِ منٛز بلکہ پراوِ زندگی ہُنٛد نوٗر ؤ فریسی وٕنی
۱۳ تَس، ژٕ چھکھ پانے پننِ گواہی دِوان۔ چانِی
۱۴ گواہی چھنہٕ پٔز ؤ یسوٗع ووٚنُکھ یوٚدوے ہرگاہ بہٕ
پانےٚ پننِ گواہی چھُس دِوان تۄتہِ چھےٚ میانِی
گواہی پٔزٕ اوٚکیزِ مےٚ چھُ پےٚ زِ بہٕ کتہِ پیٹھٕ چھُس
آمُت تہٕ کور کُن چھُس پکان۔ یوٚزتوہہِ چھُہ نہٕ پے
زِ بہٕ کتہِ چھُس یوان تہٕ کور چھُس گژھان ؤ توٚہی
۱۵ چھِو منٛزِ مرِ منوجوٗب فاصلہٕ کران۔ بہٕ چھُس نہٕ
۱۶ کاٗنٛسہِ ہُنٛد فاصلہٕ کران ؤ تہٕ ہرگاہ بہٕ فاصلہٕ کرِ
تۄتہِ چھُہ میٚون فاصلہ پٔز اوٚکیزِ بہٕ چھُس نہٕ
کُنُے زٔن بلکہ چھُس بہٕ تہٕ بَب، یمۍ بہٕ سۄزُمُت
۱۷ چھُس ؤ تہٕ ہُنٛدِس توراتس منٛز چھُ لیکھتھ زِ
دوٚن زِنٛن ہنٛز سَمِتھ گواہی چھےٚ پٔز آسان ؤ

۱۸ اکھ چھُس بہٕ پانہٕ پننِ گواہی دِوان تہٕ بیٚیہ چھُ
۱۹ بَب گواہی دِوان یمۍ بہٕ سوٗزُس ؤ تِم وٕنی تمِس،
چون بَب کتہِ چھُ ؟ یسوٗع ووٚنُکھ پھیرِ تھ
توٚہی چھِو نہٕ زانان مےٚ تہٕ نہٕ زانان میٚون بَب۔
ہرگاہ میٚون ووٚن آسہِ ہیوٚ تیٚلہِ آسہِ ہیوٚ میانِس
۲۰ بَبہٕ سُنٛد ووٚن تہٕ ؤ تِمو وَنہٕ یمہٕ کتھہٕ ہیکلس منٛز
واظ بَرن وِزِ بیت المالس تہٕ سہٕ روٗٹ نہٕ
کاٗنٛسہِ اوٚکیزِ زِ وُنہٕ اوس نہٕ تٔمۍ سُنٛد وَق ووٚتمُت ؤ
۲۱ سہٕ ووٚنتھ تمن دُبارٕ بہٕ نیرِ تہٕ توٚہہِ ژھٔنٛڈِو مےٚ
ووٚن تہٕ گونہن منٛز ہتھ مرِو، یوٚت پیٹھٕ بہٕ
۲۲ دراس توٚہی ہیکو نہٕ توٗر ییتھ ؤ ادٕ ووٚن یہوٗدِیو
یہ ماریا پنُن پان زِ وَنان چھُ یوٚت پیٹھٕ بہٕ
۲۳ دراسَت چھُس توٗر ہیکِو نہٕ توٗر ییتھ ؤ سہٕ
ووٚنتھ تمن توٚہی چھِو بوٚنِم۔ بہٕ چھُس ہیٚرِم ؤ
توٚہی چھِو دُنِی ہٕکِو۔ بہٕ چھُس نہٕ دُنِی ہُک ؤ
۲۴ اوے تہٕ ووٚنمو توہہِ زِ پننِ گوناہ ہتھ مرِو
تہٕ کیازِ ہرگاہ ایمان انِو نہٕ زِ بہٕ چھُس سُے تیٚلہِ
۲۵ مرِو پننِ گونہن منٛز لوٚ ڈتھ ؤ تِم وٕنی تَس
ژٕ کُس چھکھ ؟ یسوٗع ووٚنُکھ سُے چھُس،
۲۶ یہ گوڈٕ پیٹھے توہہِ وَنان آسو ؤ مےٚ چھُ توہہِ
متعلق واریاہ وَنُن تہٕ فاصلہٕ کرُن یوٚزِ یمۍ
بہٕ سوٗزُس سہٕ چھُ پٔز تہٕ مےٚ یہ تَس نِش
۲۷ بوٗزِ تھ چھُس دُنِی ہِس وَنان ؤ تِمن توٗر تہٕ

۲۸ فِکرِ زِ یہِ چھُہ اَسہِ بَبَس مُتعلق وَنان ؤ اَدِ
وۆتھ یسوٗع تِمَن زِ یِیلِہ توٚہی ابنِ آدم
مُقدسِس ہیٚتھ کھاریوٗن ادِ تیٚرو فِکرِ زِ یہِ
چھُس سے تہٕ پانہٕ پانہٕ چھُس نہٕ کیٚنہہ کران
بَلکہ ییتھہٕ کٔنہ بَبَن ہیٚچھہٕ نوٗوُس تِتھے پاٹھی
۲۹ چھُس یہِ یمہٕ کَتھہٕ وَنان ؤ نہٕ ییٚمہ یہِ سوٗزمُس
سُہ چھُہ مےٚ سٟتی، تٔمۍ ترٛوو ُس نہٕ یہِ کٔنۍ
زٕوٗن نہٕ کیازِ یہِ چھُس اَندٕ وَندٕ تِمے کامہٕ کران
۳۰ یمہٕ تِس پٕریان چھِنۍ ؤ ییٚمہٕ سانہٕ سٕہ یمہٕ
کتھہٕ وَنان اوس تِمٕتھےٚ اوٗن واریاہ توٗس
۳۱ ایمان ؤ ادِ وۆتھ یسوٗع تِمَن یہوٗدیَن، یمو
تٔس پٕژھ آس کٔرمژ زِ ہرگاہ توٚہی میانِس
ڈیٖس ہیٚتھ ڈٲشتھہٕ رٕوزِ وَنِیلہِ ہیوٗ یُزی پاٹھی
۳۲ زانٕتھ شُمارِس ؤ نہٕ پزِنگ وٗون یہِ وِ تہٕ
۳۳ پزرَ دیہِ وِ موکلجار ؤ تِمو وٗون تٔس پھیرِتھ،
اَسی چھِ ابرہام سٕنٛزِ زُرِی پانژ اَندرِ تہٕ زانٕہہ
۳۴ تہٕ رۆدی نہٕ کانٛسہِ ہِندی غلام ؤ زٕ کتھہٕ چھکھ
وَنان زِ توٚہۍ ییہِ موکلجار دِنہٕ ؤ یسوٗع وۆدھکھ
پوٚت پھیرِتھ یہِ چھُسوٚ توٚہۍ، پوٚز وَنان زِ یُس
تہٕ گوناہ چھُہ کران سُہ چھُہ گونہگ غلام ؤ
۳۵ تہٕ غلام چھُنہٕ آنٛتھس تام گرِ روزان مگر
گوٚبُر چھُہ روزان ؤ اَوے ہرگاہ گوٚبُر توٚہۍ
آزاد کرِ وَنِیلہِ رٕوزِو یُزی کٕنہ آزاد ے ؤ

۳۷ مےٚ چھُہ پَے زِ توٚہی چھِو ابرہام سٕنٛزِ زُرِی پانژ
اَندرِ نیٚوت کرِتھ تہٕ چھِو مےٚ قتل کرنٕچ
کوشش کران تہٕ کیازِ میٚون دوٚپ چھُنہٕ
تُہندِس دِلَس مَنٛز جاے کران ؤ ہےٚ یہِ مٲلِ
۳۸ سٕندِ گرِ وُچھ تہٕ چھُس وَنان تہٕ یہِ ییٚتِس نِش
۳۹ بوٗزِو نی چھِو کران ؤ تِمو وٗنُس پھیرِتھ، اَسہِ
چھُہ بَب ابرہام، یسوٗع وۆتھ تِمَن ہرگاہ
توٚہۍ ابرہام سٕندۍ گٕبر آسہو تیٚلہِ کرِکۍ ہو
تِژھے کامہٕ، پزِ ژھہِ کامہٕ ابرہامن کٔرِ ؤ
۴۰ پوٚز وو نی چھِو توٚہۍ مےٚ ہیوٗس شخصَس قتل
کرنٕس ییتہٕ ییٚمۍ توٚہۍ سوٗے پزٕ کتھہٕ وٗنۍ یوٗسہٕ
خُدایس نِش بوٗزن۔ ابرہامن اوس نہٕ
۴۱ یُتھہٕ ہیوٗہ کوٗرمُت ؤ زٕ چھِکھ پنٕنِس بَبہٕ
سٕندۍ ہوی کار کران، تِمو وٗن تٔس، اَسی زاے
نہٕ حرامہٕ ہیٚتھ اَسہِ چھُہ اَکھ بَب یانے خُدا ؤ
۴۲ یسوٗع وۆتھ تِمَن ہرگاہ خُدا ے تُہند بَب
آسہِ ہے تیٚلہِ آسہِ ہیو میانۍ ماے اَدِ کینہہ زِ
یہِ چھُس خُدایس نِش دٕرامُت تہٕ آمُت
نہٕ کیازِ یہِ چھُس نہٕ پانہٕ آمُت بَلکہ سوٗزمُس
۴۳ تٔمۍ ؤ توٚہۍ یہِ کیازِ چھِو نہٕ میانہٕ کتھہٕ فکرِ تران؟
اَدِ کینہہ زِ میٚون کلامہٕ چھِو نہٕ بوٗزِتھ ہیکان ؤ
۴۴ توٚہۍ چھِو ابلیسہٕ سٕندۍ تہٕ پنٕنِس مٲلِ سٕنٛد
یژھٕن چھِو اَند پزِھان وانٛناوُن۔ سُہ

گوڈٕ بیٹھے خٕوٗنی تہٕ رٗدٕ بہٕ پزٕر سس بیٹھ
تہٕ کیاز تس منز چھُنہٕ پزر، بیلہٕ سُہ اَپُز
چھُ وَنان، سُہ چھُ پننٕے وَنان، اَوٕ کنہٕ زِ
سُہ چھُ اَپزٕ لوٗر تٕلکہٕ چھُ اپزٕنُک بَب ۔
۴۵ پۆز بہٕ ییس پوٗز چھُس وَنان اَدٕے چھُو نہٕ
۴۶ توٗہی پَزٕر کران ۔ توہہ منزٕ کُس چھُ میٲنٛ
۴۷ گوناہ ثابتہٕ دِوان کرِتھ ؟ یس خُدایہٕ سُند
آسان چھُ سُہ چھُ خُدایہٕ سٕندِ کَتھہٕ بوزان ۔
توٗہی چھِو نہٕ اَوٕ کنہٕ بوزان زِ توٗہی چھِو نہٕ خُدایہٕ
۴۸ سٕندی ۔ یہوٗدیو وۆن تس جَوابس منز آسی چھِہ
جان وَنان زِ ژٕ چھُکھ سامری تہٕ ژٕ سِتّی اندر چھُ
۴۹ بد روٗح ۔ یسوٗع وۆنُکھ زِ مےٚ اندر چھُنہٕ بَد
روٗح پوٗز بِہ بٕس پزٕرتھ کران تہٕ توٗہی چھِو
۵۰ مےٚ بےٚ پزٕتی کران ۔ مگر بہٕ چھُس نہٕ پنُن بجر
کانٛچھان ۔ اَوٕ۔ اَکھ چھُ یُس تس کانٛچھان تہٕ
۵۱ فٲصلہٕ چھُ کران ۔ بہٕ چھُسو توہہ پوٗز وَنان
زِ ہرگاہ کانٛہہ میانِس ڈٕیس بیٹھ عمل کرِ سُہ
۵۲ دُچھہٕ نہٕ ابدس تام مرنُک مزٕہ ۔ یہوٗدیو وۆن
تس زِ وٕ ل زون اَسہِ زِ ژٕ سِتّی اندر چھُ روٗح ،
ابرہام موٗد دۆیمی نبی تہٕ گٔے پۆز ژٕ چھُکھ وَنان
زِ ہرگاہ کانٛہہ میانِس ڈٕیس بیٹھ عمل کرِ سُہ
۵۳ دُچھہٕ نہٕ ابدس تام مرنُک مزٕہ ۔ سون بَب
ابرہام موٗد ژٕ چھُکھا سٕہ تس ؟ دۆیمی نبی تہٕ
موٗدی ژٕ کیا چھُکھ پنُن پان زانان ؟ یسوٗع
وۆنُکھ دَر جواب ہرگاہ بہٕ پانٛئی پانس پنُن
بجر تھٕکہٕ تیلہِ چھُنہٕ مےٚ کانٛہہ بجر پوٗز مےٚ
چھُ بَب تھٕرَر دِوان یُس توٗہی وَنان چھِو زِ
۵۵ سون خُدا چھُ ۔ توہہ زونوون نہٕ سُہ پوٗز
مےٚ چھُ تسُند وۆن نہٕ ہرگاہ وَنہٕ زِ بےٚ چھُس نہٕ
تیلہِ بنہٕ تُہندی پاٹھٕ اَپزٕ لوٗر ، پوٗز بہٕ
زانَن سُہ تہٕ تُہندس کلامس بیٹھ چھُس
۵۶ عمل کران ۔ تُہند بَب ابرہام اوس میانہٕ
دوہ میدہٕ تھ سیٹھا خوش ، چنانچہ
۵۷ دُچھ تمی تہٕ خوش گو ۔ یہوٗدیو وۆن تس
ژٕ چھُکھ نہٕ وُنہٕ پنٛژاہہ تہٕ اَدٕ وَنہٕ ژٕ سِتّی چھُکھ
۵۸ ابرہام وُچھمُت ؟ یسوٗع وۆنُکھ تمن بہٕ چھُسو
توہہ پوٗز وَنان زِ اَمہٕ برونٛہہ بیٚلہِ ابرہام
۵۹ زاو اوسُس بہٕ ۔ اَدٕ تُلٕکھ تس تموٗتس مارنہٕ موکھہٕ
کنہٕ پوٗز یسوٗع دزاو تٕہ ژوٗر پاٹھی ہیکلہٕ اَندرٕ ۔

## باب - ۹

۱ پتہٕ وُچھ تمیرَن وَقتہٕ تمی اَکھ زۆن یُس زِ ینہٕ
۲ اَوَن اوس ۔ تہٕ ژاٹھو پرٕژھ تس زِ اَے ربّی !
گوناہ کمیٚ اوس کوٗرمُت زِ یہ زاو اَوَن آمی آ
۳ کہنہٕ اَمی سٕندی مٲلی ماجہِ ؟ یسوٗع وۆنُکھ والیس
زِ نہٕ اَمی تہٕ اَمی سٕندی مٲلی ماجہِ تٕلکہٕ سپُد یہ
اَوٕ کنہٕ زِ خُدایہٕ سُند کٲرٕن نیبر اَمِس اندر نوٗن ۔

۴ یِنٛمہِ بہٕ سوٗزمُت چھُس اَسہِ چھےٚ تہٕنٛزِ کامہِ
دوہ یہِ دوہ ہِلی کرنہٕ ضوٗرٗری۔ سو راتھ چھےٚ
ییٚنہٕ واجیٚنہٕ یِتھ مَنٛز کانٛہہ نہٕ کام ہیٚکہِ تہٕ کٔرِتھ۔
۵ یہِ یوٚتام مَتھ زَگتَس اَندر چھُس دُنی بہٕ گاش چھُس
نوٗر۔ آمہِ پَتہٕ چھُکھ تٔمۍ زٔمینَس پیٹھ ٹھوکہِ رتھ
۶ اٰدرِن میٚٹرنہٕ سو میٚٹر اُنٛس اُچھن لاگیتھ۔
وۄنُن تَس گژھ تہٕ شیوٗخ (سوٗزمُت) ہیٚندِس
۷ تَلاوَس مَنٛز چھَل۔ سُہ گو تہٕ چھَجن تہٕ گاشدار
ییٚدِ تھ آو واپس۔ ہمسایو تہٕ بیٚیو لوکو گوڈٕ سہ
۸ بیٚچھان وُچھمُت اوس لوگ اَدٕ وَنٕنۍ یہِ چھُنہٕ
سُہ نٕیس بہِتھ بیٚچھان اوس۔ کینٛژو ووٚن یہِ
۹ چھُ سُے۔ دۄیمو ووٚن نہٕ تٔسۍ ہیوٚ چھُ بیاکھ
۱۰ کُستام، تٔمۍ ووٚنُکھ نو سُہ شخص۔ تہٕ تٔموٚ پرژھُس
۱۱ تیٚلہِ کیٚتھہِ اوے ژےٚ گاش؟ تٔمۍ ووٚنُکھ
سُہ شخص یُس یِسوٗع چھُ ناو، تٔمۍ اٰدرِ میٚٹرِ تہٕ
تہٕ اُچھن لاگنہٕ ووٚن تٔم شیوٗخس مَنٛز گژھِتھ
چھلکھ۔ پَتہٕ گوس بہٕ تہٕ چھٔلنہٕ پَتہٕ آم اُچھن
۱۲ گاش۔ تِمو پرژھُس تَس سُہ کتہِ چھُ؟ تٔمۍ ووٚنُکھ
۱۳ مےٚ چھُنہٕ پَے۔ لوکو نیوٗسُہ زٕوٚن یُس گوڈٕ
۱۴ اوٚن اوس فریسیَن نِش۔ تہٕ یتھ میٚٹر اٰدرِتھ
تَس اُچھن گاش اوس آمُت سُہ اوس شُبنک
۱۵ دوہ۔ اَدٕ پرژھُکھ فریسیو تَس، ژٕ کیٚتھہِ
پانٛٹھ اوے گاش۔ سُہ ووٚتھ تِمن تٔمۍ لاج مےٚ

۱۶ اُچھن رَب، پَتہٕ چھَجم تہٕ چھُم گاش۔ اَدٕ ییٚوت
کینٛژو فریسیو ووٚن یہِ شخص چھُنہٕ خُدایہٕ سٕندِ
طرفہٕ اَو کیٛازِ سَبتُک دوہ چھُنہٕ مانان۔ پوز کینٛژو
ووٚن زِ گُناہ گار شخص کیٚتھہِ کٔنۍ ہیٚکہِ یِتھۍ موجزٕ
ہٲوِتھ۔ تہٕ یِتھہٕ پانٛٹھ سپُد تِمن مَنٛز اختلاف۔
۱۷ تِمو ووٚن تَس اُنٛس دۄبار ژٕ تٔمۍ اوٚنۍ ژےٚ
اُچھن گاش، ژٕ کیا چھُکھ تَس متعلق ونان؟
۱۸ سُہ ووٚنُکھ سُہ چھُ نبی۔ پوز یہوٗدین پیٹھ نہٕ
یِژھ زِ یہِ اوس اوٚن تہٕ گاش آس، یوٚتام
تہٕ تِمو گاش ییٚنہٕ والۍ سٕندِ مول ماج بلوو۔
۱۹ تِمن پرژھُکھ زِ یہِ چھا تُہٕندٕ نیچوٗ یُس متعلق
توٚہۍ ونان چھِو زِ اوٚنۍ اوس زامُت؟
۲۰ تیٚلہِ کیٚتھہِ کٔنۍ چھُ سُہ وُچھتھ ہیٚکان؟ تٔسۍ سٕندۍ
مول ماج ووٚنُکھ یورٕ اسہِ چھُ پَے زِ یہِ چھُ
۲۱ سون نیچوٗ تہٕ اوس اوٚن زینہٕ۔ اَما پوز یہِ
چھُنہٕ زانان زِ سُہ کیٚتھہِ کٔنۍ چھُ وُچھتھ ہیٚکان
تہٕ نہٕ چھُ یہِ معلوٗم زِ اُچھن کٔمۍ اوٚنُس گاش،
سُہ چھُ بالِغ، تٔسۍ پرژھِو۔ سُہ وَنہِ پانہٕ پنُن
۲۲ حال پانے۔ یہِ ووٚن تِہٕندۍ مٲلۍ ماجہِ یہوٗدین
ہٕندِ کانٛہہ تہٕ کیاز یہوٗدیو آس موکلاوِمٕژ
زِ ہرگاہ کانٛہہ تِہٕندِس مسیح آسنَس اقرار کرِ
۲۳ سُہ گژھِ عبادت خانہٕ مَنٛز کڈُن۔ اوے
ووٚن تِہٕندۍ مٲلۍ ماجہِ زِ سُہ چھُ بالِغ تہٕ تٔسۍ

۲۴ پتہٕ ژھوٗ اد اوٚن تِمو بیٚیہ سُہ شخص بُلاوِتھ
یُس اوٚن اوس بیٚیہ ووٚن ہَس زِ خودایہ سُنٛد
حمد کر، اَسہِ چھُ پَے زِ یہِ شخص چھُ گوناہ گار ۔
۲۵ تٔمۍ ووٚنُکھ تورِ مےٚ چھُنہٕ پَے زِ سُہ چھا گوناہگار
کِنہٕ نہ ۔ اَکھ کتھِ ہنٛد چھُم پَے زِ یہِ اوسُس اوٚن
۲۶ وۄنۍ ژھٕس گاشدار ۔ پتہٕ ووٚنُکھ تِمو تٔس زِ تٔمۍ
کیا کوٚرُتھ ژےٚ سٟتۍ؟ کِتھہٕ پأٹھۍ اوٚنُنے اَچھن
۲۷ گاش؟ تٔمۍ ووٚنُکھ جوابس منٛز ہیمٕٹ توہہِ ووٚنُو
تہٕ توہہِ بوٗزُوٕ نہٕ ، تۄہہِ کیازِ چھِوٕ بوزُن یژھان؟
۲۸ توٚہی تہٕ چھِوا تٔس ژاٹھ بنُن یژھان بننہٕ؟ تِمو
اَدٕ زاگ ڈیکرِتھ ووٚنُکھ تٔس ژٕ چھُکھہٕ تٔسُنٛد ژاٹھ،
۲۹ اَسۍ چھہ موسیٰ سٕنٛدۍ پأرِو کار ۔ اَسہِ چھُ پَے
زِ خودایَن کوٚر موسیٰ ہَس سٟتۍ کلام ۔ پوٚز یہِ
۳۰ شخص زانون نہٕ کتینک چھُ ۔ سُہ زوٚن ووٚنتھ
تِمن جوابس منٛز یہِ چھُ تاجبس لایق زِ توہہِ چھِوٕ
نہٕ پَے زِ سُہ کتینک چھُ حالانکہِ تٔمۍ اوٚن مےٚ
۳۱ اَچھن گاش ۔ اَسہِ چھُ پَے زِ خودا یہِ چھُنہٕ
گوناہ گارَن ہنٛد بوزان پوٚز یوٚد وۄسے کانٛہہ
خودا پرست آسہِ تہٕ تٔمۍ سٕنٛدِس یژھَس پیٹھ
۳۲ پکہِ تیٚلہِ چھُ تٔسُنٛد بوزان ۔ دُنیہِ ہیٚچ کُن لگنہٕ پیٹھ
گوٚنہٕ کنَن زِ کأنسہِ کیا اوٚن تٔس اَچھن گاش
۳۳ یُس زاینٕے اوٚن اوس ۔ پوٚز یہِ شخص نے
خودایہ سٕنٛد طرفٕک آسہِ ہے تیٚلہِ ہیٚکہِ ہے نہٕ
۳۴ کینہہٕ کرِتھ ۔ تِمو ووٚن تٔس جوابس منٛز تۄہہِ چھکھ
گوناہن منٛز زٲمٕتۍ پیٛو مُت، ژٕ کیا چھُکھ اَسہِ
ہیچھِناوان؟ تہٕ تِمو ژھُن سُہ کڈِتھ ۔
۳۵ یسوٗعن بوٗز زِ تِمو ژھُن سُہ کڈِتھ تہٕ ییٚلہِ
سمکھیوس تہٕ ووٚنُنس ژٕ چھُکھہٕ خودایہ
۳۶ سٕنٛدِس گوٚبرِس پیٹھ ایمان؟ سُہ ووٚن ہَس
خوداوند کُس چھُ سُہ یُس پیٹھ بہ ایمان اَنہٕ؟
۳۷ یسوٗع ووٚنتھ تٔس ژےٚ چھُکھن سُہ وُچھمُت
یُس ژےٚ سٟتۍ کتھہٕ چھُ کران سُے چھُ ۔
۳۸ تٔمۍ ووٚنُس خوداوند مےٚ اوٚن ایمان تہٕ
۳۹ کوٚرُن تٔس سجدٕ ۔ یسوٗعن ووٚنُس بہ چھُس
عدالتہٕ باپتھ دُنیہِ ہَس آمُت یُتھ تِم وُچھن
یِم وُچھان چھِنہٕ تہٕ یِم وُچھان چھِ تِمن بیٚیہ
۴۰ اوٚن ۔ یِم فریسی تٔس سٟتۍ اَسۍ تِمو ووٚن یِمہ
۴۱ کتھہِ بوزِتھ تٔس، اَسۍ چھا اَنۍ؟ یسوٗع
ووٚنتھ تِمن ہرگاہ توٚہۍ اَنۍ آسہِو تیٚلہِ
بیہِ ہو تہٕ گوناہگارَن سٟتۍ گنٛزرِنہٕ ۔ پوٚز
وۄنۍ چھِو ونان زِ اَسۍ چھہ وُچھان ، اَمہِ
سٟتۍ چھہ توٚہنٛد اتھ قایم روزان ۔

## باب ۔ ۱۰

۱ بہ چھُس توہہِ پوٚز وَنان زِ یُس نہٕ درواز
کِنہٕ بأژ کٕٹھس منٛز اژان چھُ بلکہِ چھُ بدل
کُنہِ اَندٕ وُلمنۍ کھسان سُہ چھُ ژوٗر تہٕ ڈاکہٕ

۲ ترٛاوَن وول یہ پوٗز تُس دَرواز کِنۍ چھُہ اژان سُہ
۳ چھُہ گبہِ روچھہ یہ دَرواز روچھ چھُ تٔہنٛد خاطرٕ
دَرواز مُژراوان تہٕ تیمر چھہ تٔسنٛد آلو بوزان تہٕ
سُہ چھُہ پننٮ۪ن تیمرَن ناو ہیتھ ناد دِتھ نیبر کڈان
۴ ییلہِ سُہ پننۍ ساریٖ تیمر نیبر چھُہ کڈان اَدٕ چھُہ
تِمَن برٛونٛہہ برٛونٛہہ نیران تہٕ تیمر چھس پتہٕ پتہٕ
پکان تِکیازِ تِمن چھُہ تٔسنٛد آلو ولیٛود یہ پوٗز تِم
۵ گژھن نہٕ وۄپرس پتہٕ پتہٕ بَلکہِ ژلَن تٔمِس
۶ نِش، امہِ کِنۍ زِ وۄپرٕ آلو چھِہ پرزناوان یہ یِسوٗعن
دۄپ تِمن یہِ تمثیل پوٗز تِمن توٗر نہٕ فکرِ زِ اَسہِ یمہِ
کتھہِ یِہ وَنان چھُہ تِمن ہُنٛد ہرترکیا چھُہ یہ
۷ اَوے دۄپ تہ یسوٗعَ بیٚیہِ تِمن، بہٕ چھُسو توہہ پوٗز
وَنان زِ تیمرَن ہُنٛد بَر (دَرواز) چھُس بہٕ یہ
۸ بیٚیہِ مےٚ برونٛہہ آے ساری چھہ ژور تہٕ ڈاکوٗ
۹ مگر تیمرَو بوٗز نہٕ تِہنٛد یہ بَر چھُس بہٕ ہرگاہ کانٛہہ
میانِ کِنۍ داخل سپد تٔس بنِ نجات، اندر نیبر
۱۰ آسہِ یِوان گژھان تہٕ چارٕ لبِس یہ ژور چھہ
یوان مگر ژور کرنہٕ، لایہِ مارنہٕ چھُہ یوان یہ بہٕ
آس اَوٕ خاطرٕ زِ تِمن بنِ زندگی تہٕ گنٛجاےِ سان
۱۱ پرٛاوَن یہ جان گبہِ روچھ چھُس بہٕ، جان گبہِ
۱۲ روچھ چھُ تیمرَن ہنٛدِ خاطرٕ زُو دِوان یہ مۄزوٗر
یُس نہٕ گبہِ روچھ چھُ نہٕ تیمرَن ہُنٛد مالِکھ، چھُہ
رامہٕ ہۄنٛس یکان وُچھتھ تیمر ترٛاوِتھ ژلان

رامہٕ ہۄن چھُہ تِمن رٚٹان تہٕ پراگنٛد کران یہ
۱۳ سُہ چھُہ ژلان اَوٕ کِنۍ زِ مۄزوٗر چھُ تہٕ تٔس چھُنہٕ
۱۴ تیمرَن ہُنٛد ژِیتہِ یہ جان گبہِ روچھ چھُس بہٕ،
ییٚتھہٕ کٔنۍ بہٕ بیٚیِس ولیٛود چھُس تِتھے پانٛ کُھر
۱۵ زانان بہٕ تہٕ بب یہ ییتھے پانٛ کُھر چھِہ مےٚ
پننۍ تیمرٕ وٚلِس تَل تہٕ تِمَن چھُس بہٕ ولیٛود تہٕ
۱۶ بہٕ چھُس تیمرَن ہنٛدِ خاطرٕ زُو دِوان یہ تہٕ
مےٚ چھہ بیٚیہِ تہٕ تیمرٕ یمہِ یتھ واڑِس منٛز چھینہٕ
مےٚ چھہ تِم تہٕ آنٛنۍ ضوٗروری تہٕ تِم بوزَن
میون آلو، پتہٕ آسہِ کُنٛے کھیوٗل تہٕ کُنے
۱۷ پوہل یہ بَبس چھُہے اَوکِنۍ میانۍ پرٛے زِ
۱۸ بہٕ چھُس زُو دِوان یُیتھ دوبارٕ حاصِل کرہ تتھہ
چھُنہٕ کانٛہہ مےٚ گُلۍ موٗرتھ نِوان بَلکہِ چھُس بہٕ
پانٛنۍ پانے دِوان یہ مےٚ چھُہ تہٕ دِنس تہٕ اختیار
تہٕ ہیٚنِس تہٕ اختیار۔ یہِ حُکم چھُہ مےٚ پننِس بَبس
نِش میوٗلمُت یہ
۱۹ یمو کَتھو کِنۍ سپد یہوٗدِین منٛز بیٚیہِ اختلاف یہ
۲۰ تِمو اندرٕ ہیوٗت وارِیاہو وَنُن زِ امِس چھُے
شیطان تہٕ سُہ چھُہ دیوانہٕ۔ توہہ کیازِ چھِوٕ امی سُنٛد
۲۱ بوزان؟ دۄیمو دۄپ یمہِ چھےٚ نہٕ شیطانہٕ لَد
شخص سٕنٛزِ کتھہِ یہ شیطانہٕ لد ہیکیاہ انٛنِس گاش
۲۲ اُتھہ پتہ یوروشلمہِ وآتہ تجدید چ عید تہٕ
۲۳ ترٛیِ کال اوس یہ تہٕ یِسوٗع اوس ہیکلس منٛز

